اَفسانہٕ سۆمبرن

# یَتھ واوٕ ہالِہ

مُشتاق احمد مشتاق



کِتابہٕ ہُند ناو ــــــ یَتھ واوِ ہالہ

مُصنف ــــــ مشتاق احمد مشتاق

سنہٕ اشاعت ــــــ نومبر ۱۹۹۷ء

تیداد ــــــ اَکھ ساس

سرورق ــــــ جی۔ احمد

چھاپ ــــــ جے۔ کے۔ آفسیٹ پرنٹرس۔ دہلی ۶

موٗل ــــــ ۱۲۵/- روپیہ



یہ اَفسانہٕ سوٚمبرن چھاپ کرنَس منٛز ریاستی کلچرل اکیڈیمی
یُس مِیہ جُزوی مالی اِمداد دیُت، تَمہ خاطرٕ چھُس بہٕ سیٹھا مشکور۔

## کِتابہٕ میلنک پَتہ

۱۔ کتاب گھر۔ مولانا آزاد روڈ۔ سرینگر ۲۔ کتاب گھر۔ کنال روڈ۔ جموں توی۔

۳۔ مکتبہ علم وادب۔ ریڈکراس روڈ۔ سری نگر

# اِنتساب

پَنٕنِس

مائِس تہٕ ماجہ

ہٕنٛدِ ناوٕ

یِمَو میٚہ حالاتَو ہٕنٛدٕ

کرِ پچھر باوجود

علمک گاش

پراوٕنٕچ وَتھ ہاوٕ

تہٕ

اَمہٕ باپتھ

اٲہی کٔر !

____ مُشتاق احمد مُشتاق ____



# ترتیب



مشتاق احمد مشتاق چھُ

کٲشرِ نوجوان سال لِکھارِ یَو منٛز اَکھ سنجیدٕ فِکر

تہٕ حساس طبعیت قلمکار۔

وارِیاہ پوٚرمُت آسنہٕ باووجود نَہ چھُہ اَمِس اَپزِ اَنانیٹک بَرم

تہٕ نہ خودنُمٲیی ہُنٛد کمپلیکس (COMPLEX)۔ مشتاق چھُ فِطرتن صاف گو

تہٕ اَمیُک اَثر چھُہ یِہنٛدین افسانَن پیٹھ تہٕ ـ"یَتھ واوٕ ہالہٕ" سوٚمبرنہٕ منٛز

شٲمِل افسانہٕ چھہ اَفسانہٕ کِس فارمس منٛز

معاصر زِندگی ہِنٛدین کینٛژن تکلیف دہ واقاتن ہُنٛد حقیقت پسند اِظہار۔ یہِ رٔنگ

چھا اَفسانہٕ خٲطرٕ مناسِب موزون کِنہ نہ ؟ اَمیُک فٲصلہٕ تراووٕ اَسی تجربہٕ کار

نقادَن پیٹھ، مگر اَکھ کتھ چھےٚ پَننہِ جایہِ ثِقہٕ زِ یہِ رَنگ چھُہ سانہِ اَفسانُک نوٚو

رَنگ تہٕ اَتھ تعریف کرنہٕ خٲطرٕ یا کٲنٛہہ کڈنہٕ باپتھ پَیہِ بہر صورت

پیٛرنہٕ کٲنسِہ اَدبی موٚرخس تہٕ کٲشرِ افسانٕچ موٲلکوٗن کرن واٲلِس مُشتاقن

تذکرٕ لٲزمی طور الگ پأٹھی کرُن ——

●۔ عزیز حاجنی





# گہے آسہٕ ناوان گہے.....

کانٛہہ تہٕ اَدبی صِنف آسِتن ۔ اَمیُک گوڈنیُک تہٕ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ بجر تہٕ خوبی چھُ اَمیُک مقأمی رَنگ۔ اگرچہ کانٛہہ تخلیق کار یونیورسل خیال پیش کرُنک بیترٕ آسہٕ تھاوان تَس چھُ یہِ خیال باونہٕ خأطرٕ تہٕ مقأمی رنگ وروپؠ اوٚصول سمأجی ولوہا تہٕ عقیدن ہُندسے گرِس کھسُن ۔ یہِ نہٕ زِ زأنِتھ مأنِتھ بلکہ چھُ تخلیق کار لاشعوری طور پہٕ کارنامہٕ انجام دِوان ۔ مشتاق احمد مشتاق چھُ تمہِ پوشہٕ چمنُک گُل یتھ متعلق عبدالاحد آزادن وۄن زِ ؎

یہِ جنّت چھُ ویدن سُہ جنّت چھُ غأب

مشتاق احمد مشتاق چھُ لوچر پیٚٹھے اَدب نواز تہٕ اَدبی سرگرمیَن منٛز حصہٕ نِوان آمُت۔ کأشرِ زبأنۍ سیتؠ چھُ یمِن والہانہٕ محبّت تہٕ عقیدٕ ۔ وۄں گو وخاص پأٹھی چھُ یمٕ افسانہٕ صنفہٕ ذرٛیعہ کأشرِ زبأنۍ لول بَران ۔ یہنزٕ دَرِ دَس سۄمبرن چھُ اَردابہَن اَفسانن پیٹھ مشتمل ۔ اَفسانن اَندر چھُ واقعن ہُنز ہالنکل ۔ اَمکۍ پلاٹ چھِ کاسبانہٕ ۔ اَفسانن منٛز پیش کرنہٕ آمٕتۍ

آرار تہٕ خیالات چھنہٕ تنگ گری یا ژھل ،بلکہ چھُہ عبدالاحد آزادنہٕ دیدن جنتک سہ رُوداد

تیٚنٚہِ پٲٹھ باوان یُس نہ جنتک ڈیڈوانۍ کران چھُہ تہٕ نہ مالکہٕ جنتچھے بلکہ چھُہ اَمیک دیدمان حال

سو تصویر ییمکۍ زُلفِ پرٚیشان ،نَس ،ہٕنج ،بتھ مسنخ ،جسم رَتہٕ داگوی ،اَنگ اَنگ زخمی....

اوٚشس دار، نہٕ وآرِے ،رِنۍ مژ ،بانبر پٔژ ،کٔج ،بے کار ،بے کس ،پرٚیشان حال ،ودٲسی

فاقہٕ پھرِتہٕ تریشہٕ ہٕتر ۔مگر وَنان زِ کُس آسہٕ یُس ہیون تہٕ بوزہے تہٕ میانِس داوس تہٕ

واتہٕ ہے ۔اَفسانَن اَندر چھہ مختلف موضوع ورتاونہٕ آمتی تہٕ ساری موضوع چھہ مقامی

نوُعیتکی ۔"یَتھ واوہالہ" تہٕ "شوہٕ کتھ" اَفسانہٕ چھہ کاشرِن مَنز رٲئج عقیدٕ ،اوٚصول تہٕ

رسم ورواجن کُن تہٕ اِشارٕ کران ۔اَفسانہٕ "راوَن تیول" تہٕ "زٕحمہٕ جو" چھُہ کاشرِن ہٕندِ سہ دور

یاد پاوان ییلہ ژٕھکھ کرتھ یِمن ہٕندی اوس کَڈنہٕ یوان تہٕ نوٚودِنس سو تب اوسکھ نہٕ گُذار

روزان تہٕ اَمہٕ پتہٕ بیگار نِشہ بچنہٕ تہٕ اہل وعیال پالنہٕ کہٕ غرضہٕ موٚزوری مشقت ژھارنہٕ

خاطرٕ امرتسر، لاہور، کراچی، دلی تہٕ باقی علاقن کُن آسی رٕخ کران ۔ییلہ زَن "اَندرِم ضرب"

تہٕ "ویداکھ" اَفسانہٕ تمہٕ وقتکی رُوداد چھہ ییلہٕ مالٕ دیٚتھرَن ،ماجہ کورِن تہٕ باقی بازِن اَکھ

اَکس پیٹھ بھروسہ نہ کرنُک وجہ واوو ووٚتھ ،ییلہٕ نیبرِم اَندرِس گاشکہٕ پَرٕ توٚک پرٕ ژھنہٕ

لوٚگ ،ییلہ اَصل تہٕ فراخ پٲری زان ڈٕج ،ییلہٕ مائے محبت موٚلھ .... اِنسان لوٚگ بجہ توٚنبورِن

نہٕ یتھ ژٕلنس وارتہٕ نہٕ بروٚنہہ پکنس...... نتیجاً دَراو دلسوز نٕٹی پور نہٕ باتک تابیر

ستمہٕ سَارِے پہر دار و بہٕ مورُس ستم گار چانہو اشارو بہٕ مورُس !

دَرِدَس سو مبرنہٕ منز چھُہ اَفسانہٕ نِگار دوٚن اَترِن پہلوٗن ہُند مرکز ٹھہران ۔غربت ،رسوم بد

ظلم تہٕ سیاسی ورگہٕ لاوِ رِنشہ نجات لبنہٕ تہٕ یِمَن الگ سماج پادٕ کرنہٕ خاطر چھُہ سہ اِمامہٕ ہُندِس

تلاشس مَنز یُس تس میلُن ناممکن چھُہ باسان ۔

اَفسانَن ہُنز زبان چھیہٕ موقہٕ محل، رٲیج الوقت تہٕ واقعاتو تہٕ موضوعاتَن

مُطٲبق ۔ پنڈار، ورگلاو، دَرال، لِٹھِ کج لوٚبٹھ، گُوری وان، اَرٕ کال، کالہٕ واس

تہٕ ' ودہٕ لہٕ کرگوٚتہٕ ہِنَ گِندوزارس، خطی نظردی ببِ ماآو'، ہی لفظ تہٕ اِصطلاح چھِ

اَفسانَن ہُنز نزاکت تہٕ صورتِ حال وُچھنہٕ ورتاوس مَنز اَنہٕ آمتی تہٕ یِم چھہ

کٲشرِ ثقافتکی عنصرٕ تہٕ۔ مُشتاق صابنی خیالات تہٕ تہنز باوتھ پکہٕ ناوِ کٲشرِ افسانچ

رلواَیتھ برٚونٹھ۔

- آفاق عزیز

کشمیر یونیورسٹی۔ سری نگر

۱۲، اکتوبر ۱۹۹۷ء



# پھیکہ پھیکہ دوا

پٔرنتھ کانٛہہ اِنسان چھُ پَنٕنہِ تجربُک تہٕ صلاحیتٕ مُطابق

کانٛہہ فن پارٕ گران۔ مُشتاق احمد مشتاق چھُ یمِن افسانن مَنٛز

پننہٕ صلاحیت برُوے کار اَنان۔ سُہ چھا پننیٚن خیالات اَفسانوی تہٕ فنی لحاظہٕ باوٕنس

مَنٛز کامیاب گومُت کِنہ نہ۔ تتھ متعلق ہیٚکن متضاد رایہِ آسِتھ۔ یِم لُوکھ یِہ

دعوا چھہ کران زِ اَدب پارٕ گژھِہ مبہم آسُن تاکہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مانہٕ ہیٚکن

نیٚرِتھ۔ تِمن باسہ مُشتاق صٲبنہِ یہِ اَفسانہٕ سوٗ مبرٕن ڈٕنٛجِ تہٕ سطحی۔ یِم لُوکھ یِہ دعوا

عملی طور عملاوان چھہ زِ اَدب گوٚو سُہ یُس عام نفرس ژُوکِ تَل واتہِ۔ یِمن وٲلِس

پٔران پرانیٚ فکرِ تِرِ تہٕ تیٚمنز ترجمانی کرِ۔ تِہندی کِنہِ چھیٚہ یہِ اَفسانہٕ سو مبرٕن

کامیاب۔ یِم دوٚن شوے رایہِ اوٚک طرف ترٲوِتھ چھہ یِم اَفسانہٕ عام لُوکن ہٕندی ترجمان۔

یِمن مَنٛز چھُ ماحوٗلُک عکس تہٕ سماجی رجحانَن ہُند

ٹاکارٕ نیب۔ بڈٕ کتھ چھیٚہ یہِ زِ یِمن وٲلِس چھُ پٔرنتھ کِنہ اَفسانُک

مرکزی خیال یَنُن باسان۔ یِتھ مَنٛز اَمہِ قسمُک وَرتاو آسہِ سُہ فن پارٕ

چھُ قٲری یَس پھیٚنکہٕ پھیٚنکہٕ دَوا ۔ اَفسانَن ہُنٛز زَبان

چھنہٕ شوٗز بلکہ کِردارَن تہٕ واقعاتَن ہُنٛز صحی ترجمان ۔ اَفسانَن مَنٛز چھُ

اَکھ ماحولُک نقشہٕ بُنیٲدی آگرُک پٲداوار، نہ کہ اثری رجحان ۔

اَفسانَن ہُند بیاکھ حُسنہٕ دُنیا چھُ اَمیُک مقٲمی رَنٛگ ۔

سَماجَس مَنٛز کینہہ نوقُص موجود آسنٕچ نِشاندِہی چھنہٕ اَفسانہٕ نِگارن تَمہٕ آیہ کَرمٕژ زِ تَمِکی

مُحرکات چھِ کُنہٕ حدَس تام قٲری یَس پَلہٕ پیوان ۔ بےٚ گٲری، موٗزوٗری،

لاعلمی تہٕ بے راہ روی ہُندی اِشارہٕ تہٕ چھِ اَفسانَن اَندر میلان ۔

دون فِرقن ہُند ماے مُحبتھ تہٕ اتحادُک مظہر چھُ اَفسانُک موضوع بَناونہٕ آمُت ۔

پرٕ بتھ کاتھہ خیال چھُ

عام تہٕ غار مُبہم زبانہِ مَنٛز پیش سَپدمت ۔ اکثر اَفسانہٕ چھِ

کٲشرِس مزازَس وَیہ وِژتہٕ وَیدی ۔ اَفسانَن ہُند ماحول چھُ پرَن وٲلِس

پَنُن باسان ۔ بحاز اہیکہ نہٕ یمن اَفسانَن متعلق

کانٛسہ تہٕ غلط فہمی گژھتھ ۔ یہِ چھُ سہ دوٗد تہٕ دَگ یُس ہمیشہٕ بَتر آژ وَنترو

تہٕ مُشتاق صابَن دِژ اُتھ اَفسانوی زَبوٗ

تہٕ بیٚیہ کانٛسہ غزل یا بَدَل کاتھہ ناو ۔

● ــــ محفوظہ جان

سِری نگر

۸ر اکتوبر ۱۹۹۷ء



ہیٚمہٕ چھُہ فخر زِ ہیٚمہٕ چھُہ

پٕنتھ میو واریاہ وٕرۍ یوٚ بیٚنٹھہٕ مشتاق احمد مشتاقس قریب روزُنک

موقہٕ میولمُت۔ اَفسانہٕ سوٚمبرن "یٚتھہٕ واوہالہٕ"

کرٕ ہیٚمہٕ کِتابت تہٕ، تہٕ اَوکنی پٮ۪یہٕ ہیٚمہٕ یٚتھہٕ سوٚمبرنہٕ منٛز شامِل اَفسانہٕ واریاہ پھِر

پٕرِنۍ۔ یہٕ کینٛژھا اُردو تہٕ کاشُر اَفسانوی اَدبچہ رلہٕ وائیژہٕ نِسبتھ ہیٚمہٕ مولوٗم چھُہ

تِمہٕ کِس پیٚس منظرس منٛز باسیوٚ مےٚ مُشتاق احمد مشتاقنِ یمن

اَفسانن منٛز اَکھ ساَدر روار تہٕ قابِلِ غور اِظہار۔ یِم اَفسانہٕ باسیہ مےٚ داستانوی یا

فسانوی دُنیہِچہٕ کتھہٕ نہٕ محض گنڈِتھ ژوٚپرِتھ اصولن اعتقادن ہُنٛد

پرژار تہٕ نہٕ تجریدی اَفسانکۍ پاٹھۍ مقامیٚتھ کردار تہٕ واقاتو

نِشہٕ آزاد سوٗنچہ سوتھن درمیان وُچھوار۔ بلکہ باسیوٚ مےٚ یہٕ چھُہ

اَکھ مخصوص ماحول تہٕ معاشرٕ تہٕ کینٛہہ زِندٕ جاوید اِنسانن

ہٕنٛدین غمناکھ تہٕ خوشحال ژٕہن تہٕ وٕہن ہٕنٛدِ تِمہٕ آیک بےٚ پھرۆک تہٕ برمحل اِظہار

ییٚمہٕ سٟتی پرن وول یہٕ صورتِ حال موحسوس چھُہ کران تہٕ غار موحسوس پاٹھۍ

چھُہ مختلف قسمہٕ چین لۍ اعتداٰلین بیٚنٹھہٕ مصنفہٕ سٕنٛدین پُراثر احتجاجس منٛز شامِل

سۭیدان ۔ اَفسانہٕ پُرِتھ چھُہ پَرن وول

پانَس سیٗتی یہِ ضرور سوچُن ہیوان زِ یہِ سۭیدٕ نہٕ ہیٚکہٕ ہیٚیہٕ سیٗتی سۭپدِتھ ۔

میانٕ کِنہِ چھیٚیہٕ یہِ مصنّف سٕنز کامیابی ۔ یَرتھ جایہِ چھُہ

کتھ وَنہٕ ہُنک سیوٚد ساد اظہار ۔

مگر یہِ اِظہار چھُنہٕ ڈیٖول یا بے زور بلٕکہ پُراَثر

یُس یِمو اَفسانَو باپتھ برمحل چھُہ باسان ۔

نقادَن کم کم گوٚن یا خامیہِ ین اَتھ مَنز لبنہٕ سہٕ اوٚک طرف تراوِتھ

چھُہ ہیٚیہٕ بے باک حقیقتھ پسندی

تہٕ زبانِ ہُند برمحل ورتاو ییٚمہِ سوٚمبرنہٕ ہُنرٕ زٕ خاص

خاصیتھ باسان ۔ یِہن کُن

موٗلہ آنکون کرن والین ہُند توجہ ضرور گژھہ ۔ مشتاق صابنہٕ

شخصیژ منز ہِم رنگ ہیٚیہٕ درینٹھٕ چھہ گاہٕ تہٕ سو رنگارنگی چھیٚیہٕ تہنزَن تحریرَن

منز لبنہٕ یِوان ۔ بقولِ علامہ اقبال ؒ

ابھی اِس بحر میں باقی ہیں لاکھوں لولوِ لالہ

• ۔ محمد اشرف ٹاک

(۱۵ اکتوبر ۱۹۹۷ء) کلچرل اکیڈیمی ۔ سری نگر



# گُلِ انارس گَرمِ گٔتھ

یہ چھبہٕ اَلہٕ پَلہٕ وُہ وٕرِی برُونٹھِم گٔتھ ۔ ۱۹۷۱ ؑ کِس ہَردٕ کالَس مَنز اوس ہِندٕ پاک جَنگ چَلان ۔ یِمَن دوٚہَن اوس سانہٕ گامہٕ ژُوٚرٕ مُجرٕ ، ہیرُو صرف اَکھ ریڈیو سیٹ گامہٕ کِس واحد دُکاندار محمد سُلطان پال صٲبَس ۔ گاہکی سٲری لُوکھ آسی دوہہ بٔرِتھ کالچَن وانَس پیٹھ خوجَس خبرا پرٕ ژھان زِ جنگ کوٚت ووت ۔ اَمہٕ وِزِ اوُسس بہٕ پانٛژِمہٕ جمٲژ پَران ۔ شامَس اوُسس بہٕ مٲلِس سیتی نماز پَرنہٕ نیران تہٕ شام نمازِ پَتہٕ خوجہٕ سُندِس وانَس پیٹھ تھکھ کَڈان ۔ خوجہ اوس خَبرٕ لگنہٕ وِزِ ریڈیوس کُن کَن داٲرِتھ روزان تہٕ پَتہٕ اوس حاضرِین بوزٕناوان زِخَبرِ مَنز کیا وُنکھ ۔ باضے آس اَکِہ جماژ پَتہٕ بیاکھ جماتھ یِوان تہٕ خوجَس پرٕ ژھان زِ اَپارِم کوٚت واتی ؟ تس آس گُنہِ گٔتھ پھیرُ دِنَس پیٹھ ژکھ تہٕ کھسان ۔ شُرِ لٲز مَنز تہٕ اوس مےٚ پال صٲبنہٕ پوٗژشنہٕ پیٹھ رٗشک

 

یوان۔ اَوے اوس میہٕ خبر لگنہٕ برونٹھے وانس پیٹھ واتن پیوان۔ خبرٕ موکلتھ

اوس خوجہ حاضرینن خبرٕ فکرِ تاران۔ ہرگا اَمہ پتہٕ بنیہ کانہہ پیہ ہیے تہٕ خبرن

متعلق پرٕژھے، تہٕ ہرگا خوجہِ سودا وَغارٕ کینس منز آوٕر آسہ ہے تیلہ اوس

ووڈ یہِ "فریضہ" بہٕ انجام دِوان۔ کَنِے دوٚہن منز ہُریوو لوکن تہٕ میہٕ پیٹھ

اعتماد تہٕ ہیتی خوجَس تہٕ۔ ووڈ اوس اکثر بے خبرٕ یوزتھ گامہٕ کین اَن

پَڈہ لوکن خبرٕ فکرِ تاریخ یا خبرن تاویل کرٕنچ کام کران۔ بہٕ اوس اکہ طرفہ

یہِ ردتبہٕ میلنَس پیٹھ خوش مگر دوٚیمہِ طرفہٕ گیہ اَمہ ہیتی کینہہ مسلہٕ پاد۔ میہٕ

گو وانہٕ بینجن پیٹھ بہنَس عادتھ۔ رٕژھ ژُلن والیو تُجہم رٕژھ ــ خبرٕ ژڈٕ وور

میانس پرنس منز اَمِس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دلچسپی میانِ موج تہٕ تُسُندیوے

یانے میون ماماجی توان یہُند ناو عبدالعزیز اوس۔ عبدالعزیز اوس اوٚتام

گامک واحد میٹرک پاس نوجوان۔ میہٕ چھُہ کالک بَتہٕ یاد زِ کیٛژِ پھِرٕ کوٚر ماماجین

میہٕ وانس پیٹھ بہتھ دربار کرنس پیٹھ شُلکھ۔ ہیتی دِژن یہِ ڈپِ زِ تہٕ پامہٕ

زِ پرنہٕ روٚستے چھُکھ نامہٕ نِگار بنیومُت۔

جنگ سَپدٕ کِے دوہہ گژھِتھ ختم۔ "بنگلہ دیش" آو وجوُدس ـــ عام

لوکن گیہ خبرن تہٕ ریڈیوَس ہیتی فوری دِلچسپی ختم۔ پوٚز اَمہ سارِ کے نتیجہِ

دَراو یہِ زِ ریڈیو بوزُن بنیوٚو پرنہٕ علاوٕ میانِ دوٚیم اہم ترین دِلچسپی۔ میانِ

ماکی کوٚر ژٕہ واٹھ کرٕتھ ریڈیو مٹلی ہنک سَنز تہٕ ۱۹۷۳ ہَس منز ہیوٚت اَسہ

پَنُن ریڈیو مٹلی۔ پَنُن ریڈیو مٹلی ہنہٕ پَتہٕ اوسُس نہٕ بہٕ ووڈ ریڈیو پیٹھہٕ

خبرے یوت بوزان بلکہ تمام پروگرام خاص کر ہیٛژِ میہٕ اَدبی پروگرامن ہیتی

دِلچسپی پاد گرٛھنی۔ یِمن دوٚہَن اوس ریڈیو کشمیر پیٹھٕ نوجوانَن ہُندِ باپتھ ہفتہٕ وار پرُوگرام نشر سپدان۔ بیاکھ پرُوگرام "نقشِ حیات" تہٕ بییہٕ "سنگرمال"۔ روزِ اَولہٕ پیٹھے یہِ کینژھا بہٕ بوزان اوسُس بہٕ اوسُس تِ تہٕ تیتھے لیکھن یِژھان۔ پتہٕ رہیے بوزو اَتھی دوران کوٚرمیٚ کیاہتام لیکھُن شروع ۔ یِمن دوٚہَن اوسُس بہٕ اَتیُن گامہٕ کِس مڈل سکولس منز پران۔ جمعہ دوہہ سکولہٕ سپدَن واجینٛ BOYS MEET آسن میانٛی بیاکھ اکھ اہم دِلچسپی۔ ریڈیو ذٔریعہ حاصِل سپدی متھ اہم معلُومات تہٕ لیکھنٕچ خاہش دوٚشوَنہٕ ہُندِ وَرتاوٕ باپتھ آسن بانٛزمیٹنگ پلیٹ فارم۔ یِمنٕے دوٚہَن آو سکولس منز اکھ ہیڈ ماسٹر۔ ناو اوسُس سَردار گلزار سِنگھ۔ سردارجی اوس اِنتہائی دیانتدار پرُخلوص تہٕ قابِل منتظم۔ سکولٕچ حالتھ بدلے یہٕ تہٕ سکولس منز آیہٕ پرٛتھ طرفہٕ نوٚ رونق۔ دوٚیمہٕ وٕرِیہٕ میچ سَردار جیس ترقی۔ سکولہٕ کیو ووستادو کوٚر تمن اہتمامہٕ سان رۄخصت۔ اَتھ تقریبہٕ پیٹھ وون اَکھ ووستادَن محض رسماً:

"طالِبِ علمو منز ما چھُہ کانٛسہ کینہہ وَنُن۔"

ماسٹرجی یُن اوس وَنُن زِ یہٕ ووتھُس تھوٚد تہٕ کوٚرُم ہیڈ ماسٹرجی سُنٛز پرُاثر شخصیژ پیٹھ خیالاتَن ہُند اِظہار۔ پانس چھُنہٕ میٚ پتاہ زِ میٚ کیا تہٕ کیتھٕ وون بہرحال میٚ وُچھ سکولکی ساری ووستاد حارٲنی سان میٚ کُن وُچھان تہٕ ژٕ پھوٚپ کران۔ اَمہٕ دوہہٕ پتہٕ اوسُس بہٕ سکولس منز اکھ سیٹھا ہونہار تہٕ بااعتبار طالِبِ عِلم زاننہٕ یِوان۔ ۱۹۶۵ ہَس منز ییٚلہٕ بیروٕکِس ہائر سکنڈری سکولس منز داخلہٕ نیوٚ، پَنٕنہ رچھُہ یِی زٕ لُڑکن تہٕ کورِن ہُندِس

یار ہتیداُس، نۄُس ماحوَلس تہٕ گرٕچہ تنگی سَببہٕ زَن تہٕ بہٕ رووس ہیُو۔
وارِہیس کالس آسہٕ نہٕ میہٕ پرٕنہٕ باپتھ کِتابہٕ تہٕ۔ تَتانتی ہُندِس اَتھ عالمس
مَنز گو ہیہٕ بلیک موشن تہٕ مُناسب علاج نہٕ واتنہٕ کِنی کھیُو صحتَن سیٹھاہ
ٹکر۔ مأجس ماجہ زِیٹھ ہیُو اَولاد آسنہٕ کِنی اوسُس بہٕ گرٕچہ پرٕنتھ کامہٕ
مَنز حِصہٕ نِوان۔ چار واٹے رَچھنہٕ پیٹھ زمین دأری ہٕنز سارے لوکچہ لوکچہ
کامہٕ۔ اَمہٕ علاوٕ اوسُس بہٕ وونی سٕٹرنہٕ کأم تہٕ کرنہٕ لوٗگمُت یُتھ گرٕکی اخراجات
پوٗرٕ سپدَن۔ گرس مَنز اُس کأفی عیال بأری تہٕ اَمہٕ علاوٕ اُس میأنی
وألدٕ دأیمی طور علیل روزان۔ بہرحال شیٚن رہتَن مُسلسل جدوجہد کٔرِتھ
پتھے شُش مأہی اِمتحان سپُد تہٕ سکوٗلس مَنز بأیٔز میٹنگہٕ سپدٕ نہٕ لجہ۔ کلاسس
مَنز ہیوٚت وۄستادو تہٕ گوڈٕ صفہٕ کیو طالبِ علموٕ میون آسُن محسوس کرُن
تہٕ میون اعتماد ہیوٚتُن اَتہٕ پأدٕ گژھُن۔ ۱۹۷۶ہٕ ہس مَنز میٹرک کرنہٕ پتہٕ
لجٕ ہیأنس قلمس تمہٕ وِزِ ہیہٕ زیرِ ییٚلہ ریڈیو کشمیر پیٹھہٕ یُوا وانی سروِس
شروع گیہٕ۔ اَمہٕ سروِسہٕ ہُندی پروگرام اوسُس بہٕ باقأعدگی سان بوزان،
خاص کر پمپوش، ناگہٕ راد تہٕ نے اُفق بیتر۔ ۱۹۷۸ہٕ ہس مَنز ییٚلہ بہٕ بُہمہٕ
جماژ پرٕان اوسُس، لوگ بیرو ہائر سکنڈری سکوٗلس مَنز ریاستی کلچرل اکادمی
طرفہٕ شیخ العالمؒ شش صدسالہ تقریباتن ہُندِس سلسلس مَنز تحصیل سطحُک
اَکھ سمپوزیم۔ اَمہٕ دوہہٕ آے اکادمی ہُندِ طرفہٕ جناب موتی لال ساقی تہٕ جناب
اسداللہ وانی بیرو۔ میہٕ تہٕ کرُ سمپوزیمس مَنز شرکتھ۔ میون تقریر اوس
"ریٚشُت کیاگو" عنوانہٕ۔ یہٕ تیار کرنس مَنز اوس عبدالاحد فیاض صأبن

ہیئہ تہٕ مَدد تہٕ رہنمٲیی کرُٲنٛز۔ ریڈیو کہ حوالہٕ اوٗسُس بہٕ دوٚن ساقی صاب

تہٕ دوہمین بَہلہٕ پایہٕ قلمکارن ستی متعارف۔ پوٚز یہِ اوس کٲنٛسہ تہٕ بَہلہٕ

پایہٕ ہم عصر اُدیبَس ستی ہیون گوڈنیک مُلاقات تہٕ یہنٛزِ موجودگی مَنز

تقریر کرُن آسُس اَکھ بَدلے کتھاہ۔ یہِ دوٚہہ اوس ہیئہ ہوِس لوکٹِس

اِنسانہٕ سُنٛزِ زندگی ہُند اَکھ سیٹھا بوٚڈ تہٕ فٲصلہٕ کُن دوٚہہ۔ ییٚمہِ ہُندِ

فٲصلہٕ مُطٲبق آسُس بہٕ اَتھ مقابلس مَنز اوٚل تہٕ ہیئہ ہیوٚل ۵، روٚپین

ہُند گوڈنیک یِنامہٕ۔ یہِ آسُس بجایہٕ خوٚد ہیانہٕ زندگی ہُنٛز اوٚت تاریخ ساروٚے

کھوتہٕ بڈ خوٚشی تہٕ کامیٲبی تہٕ۔ پوٚز اَمہٕ کھوتہٕ بڈ کتھ یِنٛز دوٚیمہٕ دوٚہہ ییٚلہٕ

میٚیہ ریڈیو کشمیرکس خبرن ہُندِس بُلٹنس مَنز یَتھ ناو بوز۔ اُمہِ دوٚہن دیُتہ

میٚیہ اَکھ نوو وَلولہٕ، اَکھ نوٚو اعتماد زِ بہٕ ہیکہٕ اُدیبن تہٕ قلمکارن ہُندِ

کاردائرِ گرد ضرور یٕنتھ۔ بہٕ ہیکہٕ اَکھ جان عہد دار ضرور بنِتھ۔ گرِس مَنز

مُشکلاتہ آسنہٕ تہٕ ماْلِ سُندِ مخالفتہٕ باوجود ہرگاہ بہٕ ۱۹۷۹ہَس مَنز امر سنگھ

کالج پرنہٕ آسُس اَتھ اوس یوٚہے اعتماد تہٕ آرزو محرّک۔ شیخ العالمؒ شش صد

سالہ تقریباتَن ہُند کالجہ سوٚترِ یک سمپوزیم تہٕ اَتھ مَنز اِمتیٲزی پوزیشن حاصل

کرِنی بنیوو کالجہِ کِس نہ سبتَن وسیع فِضہَس مَنز میہ اعتباریت تہٕ اعتماد

عطا کرُنک بیئہ اَکہِ لَٹہِ سامانہٕ۔ ستی سمکھیوو میٚیہ کالجہ اَکھ لڑکہ یَس

ستی میٚیہ ریڈیو کشمیرچہ یُوا وانی سٕروِسہ بیٚٹھ اَکس پروگرامس مَنز شرکتھ

کرُمٕژ آسس۔ یہِ نوجوان اوس موتی لال ساقی سُند زیٹھ نیچو وجے ساقی۔

وجے اوس اَکس اَدبی تہٕ علمی ماحولس مَنز پلیومُت۔ اَوے آسی اُسی

عٔلمی تہٕ اَدبی سَرگرمین مُتلِق کتھا باتھا کران۔ کالجہ چہ سٹوڈنٹ ایڈیٹری باپتھ لوٗگ اَسہ پانہٕ وٲنۍ مقابلہٕ۔ وِتے بنیوو کالج میگزین کہ کٲشرِ سیکشنُک سٹوڈنٹ ایڈیٹر تہٕ بہٕ اُردو سیکشنُک۔ کالجہ سٟتۍ اَسہ بنیہ اُکس اَدب نواز تہٕ مردم شناس نَوجوان سٟنٛزِ دوستی ہُند شرف حاصل، یہ اوس غلام محمد نجار یُس آزاد تخلص کران اوس۔ یمَن دوٚہن اوسُس بہٕ اَفسانہٕ اِنشائیہ مقالہٕ تہٕ شاعری بَننی کنی پرٕتھ کیٛنہہ لیکھان۔ اَتھ دوران آسی یِمو مَنز واریاہ چیز ریڈیو کشمیر چہ یُوا وانی سروِس پیٹھ نشر سپدان۔ وۄنۍ اوسُس بہٕ اَکھ جان TALKER تہٕ ڈِبیٹر مانٛنہٕ یِوان تہٕ اُکس دوٚن انٹر کالج مباحثن منز آس بہٕ اوٚل نَہٕ۔ یُوا وانی سٔروِسہ پیٹھ ییٚنس گرٛٹھنس دَوران سٟپُد تیتھین واریاہَن طالبِ علمَن تہٕ نوجوان قلمکارَن سٟتی ملاقات یِم کشمیر یونیورسٹی ہُندِس کاشرِس شوبَس منٛز پران آسی۔ یِمَن منٛز اوس سون کالجُک دوس غلام محمد آزاد تہٕ اَمِس علاوٕ بَرکات ندا، شاد رمضان تہٕ مجروح رشید بیترِ شامِل۔ یِمَن دوٚسٕتَن سٟتی کتھا باتھا کران اوسُس بہٕ تہِ اَندرۍ سَنٛز کران زِ ہرگاہ گرکی حالاتَو یہٕ اِجازت دِیَن بہٕ تہِ گژھا یونیورسٹی تہٕ نِمہٕ ہا اَتہِ کاشرِس شوبَس منٛز داخلہٕ۔ فروری ۱۹۸۲ ہس منٛز B.A. FINAL رزلٹ نیرُونے کرٕ ہیوٚ گرکین سٟتی لڑائے تہٕ وۄنمکھ زِ کیٛنہہ تہِ سپدی تَن بہٕ گژھہ ضرور یونیورسٹی۔ اَتھی دَوران کٔری ریڈیو کشمیر سرینگرن کیجول نیوز ریڈرن ہُند پینَل بناونہٕ باپتھ دَرخواس طلب۔ تحریری اِمتحان ہیوٚتُکھ تہٕ پتہٕ سٟپُد آڈیشن۔ نیوز ریڈر بَنٕنٕچ خاہش آس ۱۹۷۱ پیٹھے میانِس ذِہنَس منٛز کاڈ گڈان آمٕژ تہٕ بہٕ اوسُس اَمکی لوازمات پُور کرٕنٕچ پَننی یاکھ

کأم تہِ کران رُودمُت۔ اَپریل ۱۹۸۲ءہس منز یونورسٹی دأخلہٕ پتے وأژ مےٚ

چھٹی زِ بہٕ چھُس کیجول نیوز ریڈرن ہُندِس پینلس منز شأمِل کرنہٕ آمت۔

یہ اوس اَکھ پرانہِ خابک تعبیر یمہِ ستی میانِس اعتمادس ہُرہ ر سپُد۔

کشمیر یونورسٹی ہُند کأشُر شوبہٕ اوس یمن دوہن پزِرنہٕ پأٹھی علمی تہٕ اَدبی

سرگرمیَن ہُند اَکھ پُروقار مرکز۔ اَتہِ اوس جناب راہیؔ صأب صدرِ شوبہٕ ـــ

وۄستادَن منز آسی جناب رشید نازکیؔ، جناب شفیع شوقؔ، جناب گلشن مجید بیترِ

بہلہِ پایہِ ہم عصر ادیب تہٕ شأعِر۔ اَمہِ علاوٕ اوس پرتھ بٹہٕ وارِ اَدبی مجلِسہ منز کانٛہہ

نتہٕ کانٛہہ بہلہِ پایہِ ہم عصر ادیب بطورِ مہمان یوان تہٕ پننی تخلیق تہٕ اَدبی مسلن

متعلق پننی خیال اَتہِ باوان۔ ڈاکٹر حامدی کاشمیری، ڈاکٹر شمس الدین احمد،

ڈاکٹر مرغوب بانہالی، قاضی غلام محمد، اختر محی الدین، علی محمد لون، امین کامل،

غلام نبی فراقؔ، ہِردے کول بھارتی، ہری کِشن کول تہٕ اَمہِ کاروان کِہن تمام

بہلہِ پایہِ ادیبن تہٕ قلم کارن ہُندی تخلیقات تہٕ خیالات زانٛنک موقہٕ

میوٚل، مےٚ اُتی۔ خاص کتھ آس یتھےٚ بہلہِ پایہِ اُدیبَن تہٕ عألمن منز اوس

اَکھ طألبِ عِلم پننی تخلیقات بوزناوان۔ ستی آسکھ یمن راے تہٕ حاصِل

سپدان۔ یتھےٚ کنہٕ اوس پرتھ طألبِ عِلمس کأنسہِ تہٕ بہلہِ پایہِ تخلیق کارٕنہ منز

تخلیق نِسبتھ راے زنی کرنُک موقہٕ میلان۔ مےٚ چھِ راہیؔ صأبنی یم لفظ

اَز تہِ یاد ـــ" کأشرس منز ڈگری کرِنی لگیا تو ہے بیکار کِنہٕ نہ مگر کأشرِ

اَدبی محفلہِ منز شرکت نیِیہ تو ہے زندگی منز ضرور بیکار۔"

کأشرس منز ایم۔ اے کرنس دوران سپُد مےٚ شأعِری، ڈراما، ناول، افسانہٕ

بیترِ صنفن ہُنز صنفی لوٲزم پرٕزناوُنک موقہٕ ہیم تہٕ کٲشرِ اَدبی محفلہٕ منز
اوس اَمیک عملی مُظاہرٕ سپدان ۔ یمنٕے دوٚہَن باسیوو میٚہ زِ شٲیری ہیکہ
نہٕ بہٕ کرُتھ تہٕ کِباز بہٕ چھُس نہٕ شٲیر ۔ پوٚز پٔنژہٕ زرٕ ترٕیہ کہانی یمہٕ میٚہ
اَتھ دوران لیچھ یمَن ہُندی کرٕ ساروٕے تاریف ۔ میٚہ باسیوو بہٕ ہیکہٕ
اَفسانہٕ جان لیکھِتھ ۔ ایم اے کرنَس دوران کوٚر میانہِ گرٕ کیو میٚہ خاندر تہٕ
یہ بییوٚ میانہ زندگی ہُند اَکھ بوٚڑ مسلہ ۔ پوٚز یونیورسٹی ہُندین ترٕین وٕرین
منز پرٕوو میٚہ پیزٕ یٲٹھو اَکس سنجیدٕ طالبِ علم، نوجوان قلمکار، براڈ کاسٹر تہٕ
ڈبیٹر سُند رُتبہٕ ۔ یمَن وٕرین یونورسٹی منز منعقد سپدیمتس پرٕتھ اُردو یا
کٲشرِس محفلِ مباحثس منز پرٲو میٚہ اِمتیازی پوزیشن ـــ ۱۹۸۵ؑ ہَس منز
سپدُس بہٕ یونین پبلک سروس کمیشن کِس انڈین اِنفارمیشن سروس اِمتحانَس
منز شامِل تہٕ ۱۹۸۶ؑ دسمبرس منز کوٚر میٚہ جونیئر گریڈ اَفسر سُندِ حیثیتہٕ جوائن
اَتھ دوران گوس بہٕ نوکری تہٕ گرٕ کین وارِہین کھرٕ ہن منز آوُر ۔ پوٚز اَفسانہ
اَفسانہ رودُس لیکھان ۔ یتہٕ مین کینژن وٕرین دوران یوس کرٕ بناکھ تہٕ
ہنگامی صورتِ حال اَسہ کٲشرِ ہن دربیش چھیٚہ تتھ منز چھہ زلوٕ ستی قلم تہٕ
خاموش ۔ پوٚز اَتھ دوران یم کربناکھ زٕہ میٚہ پانس تہٕ میٚہ اَندی پکھی میانہٕن
ہم عصرن باگہٕ آے تموٚ دیت نہٕ میٚہ قرار ـــ چوٚن کہ اَز کل چھہ اَسہ ژوٚپاسے
اَنہِ گٹہٕ نال وٕولمت تہٕ پرٕتھ کانہہ چھُہ پایمال تہٕ پریشان حال ۔ یہ اَلمناکھ
حالتھ تہٕ اَتھ منز اِنسان سُندی بدلونی تہٕ دِل دُبہٕ پھِرونی زٕہ چھہ زیرِ نظر
اَفسانہٕ سوٚمبرنہٕ ہُندین کینژن اَفسانن ہُند مرکزی محرک ۔ میٚہ چھیٚہ وۄمید

زِ پَرن واَلۍ تہٕ ناقدین دِ شوے کرن سیاسی توصب انگیزی بجائے خالص
اَدبی لوٗکتہ نِگاہ کِنۍ ہِم پَرکھاوٕنۍ کوشش تہٕ کیازِ یِم اَفسانہٕ چھہ محض
اِنسانی صورتِ حالکی امکانات گاشراوان ۔ صورتِ حالکین محرّکاتن تہٕ مضمراتَن
سٟتۍ تہٕ اَند بوٗر دِنۍ کٲم چھےٚ سیاست کارن تہٕ تجزیہ نِگارن ہُنز ـــــ
قلم کار ہیٚکن زِیادٕ کھوتہٕ زِیادٕ اَتھ ژِینہٕ وَن دِتھ ۔

بہٕ چھُس یہِ حقیر قلمی کاوش مکمل کرِنچہٕ کامہِ منز پَنُن وستِ تعاوُن
آیٖتَن تھاوہٕ باپتھ پَننس جگری دوست محمد اشرف ٹاک صابُن شکریہ اَدا
کرُن ضروری زانان یِمو پَننو مُفید مشورو تہٕ عملی تعاوُنہٕ سٟتۍ یِمہٕ اَفسانہٕ
سومبرنہٕ ہُنز اِشاعت ممکن بناو ۔ یِتھے کِنہٕ چھُس بہٕ پَننہِ آشنہِ نسیمُن تہٕ
لوٗکٹِس بٲیِس فاروق احمدن ذِکر کرُن تہِ ضروری زانان یِمو گرِ کیو دِ لابو
منز ہیرِتھ یہِ سومبرن پایہٕ تکمیل واتناونس لایق ماحول میہ آیٖتن تھوو ۔

مُشتاق احمد مُشتاق

بمنہٕ ہاؤسنگ کالونی سرینگر

یکم نومبر ۱۹۹۷ء



# یتھ واوِ ہالہِ

"بانگی تہِ کیاز پٔرنہٕ بانگ، کو سہٕ سُنا نبسر پیٹھِس ؟"

یِی سونچان دِیت گُلہٕ وأنی لرِ پھیرِن ۔ خبر کیازِ آیہ نہٕ اَز تَس نِینٛدر ۔ گوڈ چھُہ وَنٛد راتٕژن پرِ ہیتھ بُڈس کاژ گرٛھٲنی ۔ پوٗز اَز گیہ تَس وارے وۄ سہٕ راتھ ۔ گرا آیس اَشم خابٕ ۔ دارِل وونِس، کیا کوٗر تھم ۔ گرا وُچھِن محمودِ مٔزرَس مَنز مقبوٗلُس وِہدا کھ دِوان، پان ژٔٹان ۔ اَکِہ دۄہ یِہ لٔٹہٕ وۄتھہ سُہ تھوٚد تہٕ ژونٛگ زاٛلیتھ دِژٕن پانَس وُچھِن کٔنی شوٚنگِتھ محمودِس نظر ۔ مگر سو آس کھرٕ وکھ کھالان ۔ اَو اَکِہ دوٚہہ پھِر آس اورُک یوٗرُک ہیوٗوَنان ۔ تی یِہ سو مٔنزِی مٔزرَس اَندر وَنانہٕ چھیہٕ ۔ "کَتہِ تھوٗوَن ۔ کَتہِ تھوٗوَن"

گُلہٕ وأنی اوس بانٛگہ پٔران زِ اَچانک کوٗرُکھ مُشیدِ ہُندِس سپیکرس پیٹھ اعلانہٕ ۔ کوئی بھی شخص گھر سے باہر نہ آئے ۔ گُلہٕ وأنِس ژٕج کھوٗرتَل زمین نیرِتھ تہٕ سُہ گو غوطن ۔ ۔ ۔ ۔ ہرگاہ یمو مردِ گڈی تہٕ گرِن تلاشی کرِکھ ۔ محمودس کیا بَنِہ،

وۄنکھ ہے اَمہ مَرٛس نَنہٕ کینہہ ۔ تیٚلہِ؟ یہِ سوٗنچان ژایہِ تٔس سأرۍسے

پانَس تھر۔ گٔیہِ وأنی گابرِیوونہٕ تِمہ دوٚہہ تہِ یوٗت ییٚلہِ مقبولنۍ لاش گرٕ اَنیکھ۔

تَس لٔج اٗشِس دَرایہِ، اوٚش پھٔٹۍ لیوس سفید ریشس پیٹھ ۔ ڈیکس

ژِزنَس ووٚتھ شٔلنۍ کھارو آرِتھ تہٕ ؤلج دُبرائے گٔیس تیز ۔ زِلیوٗٹھ ووٚتھ ترٲوِتھ

ژوٗلُس یِے وایہِ نیرِتھ ۔

اٗشۍ اٗشۍ گٔنِتھ تاوِنس لوگتھس ۔ یانہٕ ژِکھ اَندمزار ۔ میٚہ تھوٚوتھ

یہِ ناوَن ۔ کیُتھ دَغا دِیُتتھم تاوَن زٕدنی ۔"

سُہ اوس یمہٕ نۍ گوتَن زِلوڈ سپیکرس پیٹھ کوٚرُکھ بنیہِ اعلانہٕ ۔

اعلانہٕ بُوزِتھ گُڈٕ تمۍ ووٚتھ ہِش تہٕ ہیٚرِنۍ محمود ہُشیار کرِنی۔ یوٗز تِسندِس شانَس

تام اَتھہِ واتِتھ گوزَن ژٕہتھ ۔ تَس یوٚس دوٚہ یاد ۔۔۔ سُہ دوٚہ ییٚلہِ یُہے

ترٛیہِ وٕری بُروٚنہہ مقبولہٕ میٹرک پاس دٕرایوو ۔ اَشِم کٔتر خوش اَس ۔ تِمہ دوٚہہ

باگراوُناوَے تِمہ محمود سِ اَتھہِ گامہٕ گامَس مِٹھأیے ۔ قہوٕ سماوار پوٚنشہٕ کرناوِن

تہٕ اِرادٕ کوٚرُن زِسو یرِناوِ ختم شریف یُتھ نہٕ مقبولَس آدمی قہر گژھِہ ۔ آخر

کُنۍ اُچھ ہے گاش چھُ گٔیہِ وأنِس تہٕ باسیوٚو زن تہنز ناوُج لوٚبھ ۔ اَمہِ دوٚہہ

یَتہٕ لأج گُیہِ وأنی مقبولَس کرِتھ نوکری ژھانڈنۍ ۔ یٔینہِ تہٕ کأنسہٕ ستی زان اُسِس

تَس اوس وَنان ۔ "یمِس مقبولَس ہے روزگارچ سبیلا بَنہٕ ہے، اَدٕ یہِ

خرچ گژھِہ تہٕ تہٕ۔"

اَکہِ دوٚہہ سمکھیوٚو گُیہِ وَتہِ یکان لوٚنہہ پورکِس اِسمال حاجس تہٕ حسبِ

عادت ووٚنُنس یَنٔن سُلہٕ حاجِس اَس علاقس مَنز واریا حیلنۍ تہٕ

اوس ایم ۔ایل ۔اے سُند نکھہٕ پھیوٗک ۔ سُہ وۄتھس ۔۔ "پرواے چھُنہٕ کینہہ، رۄپیس لگن ستھ ساس، کوٗٹ بَنہٕ ماسٹر" ۔۔

گلہٕ وأنی اوس اَشمہ تہٕ مقبوٗلَس یہٕ شیٚچھ وَنہٕ بایتھ بےٚ تاب ۔گرِوأیتھ وۄن تمی اَشمہ ۔ اَشم ئِج یہِ بوزِتھ زَن تہٕ ژھری پتر پیٚٹھ وۄتھتھ سوٗنزِلی آکاشس مَنز وُڈوکرنہٕ ۔ ثمہ زَن تہٕ وُچھ مقبولہٕ ماسٹر بنیومُت ۔سکولہٕ پیٚٹھہٕ گرِ یوان تہٕ تَس ہیرِ بوٚنہٕ لوٚہ شاک اَنان ۔۔ "موجے ہیوٗن گوٗڈنیک تنخاہ چانہٕ بایتھ" ۔۔ پوٚز بۄ وۄنہٕ کھنڈ گرِھتھ آیہٕ سوٚ زَن آکاشہ پیٚٹھ بُتھرِس لایتہٕ پروژھن خاندارس ۔

" ناوُ گلہ ییٚم ستھ ساس رۄپیہٕ کتہٕ ین" ؟

گُلہٕ تہٕ گو پرِیشان ہیوٗ، پوٚز جیٚبرِ لمان لمان وۄتھ سُہ اَشہ کُن ۔

"بیٚنڈ پنڈور ژھنوٗ گُنتھ نتہٕ وأر" ۔

خاندارِن وُژھس ۔۔ " نا تہٕ یہٕ دمے نہٕ بہٕ کرنہٕ ۔ ووٚ نی کوٚ سہٕ لوٚکر چھیہٕ، گُل بِل زمینس ترییہٕ کنالہٕ دوٚن شرٕ ین" ۔۔ پوٚز گلن تو رُس فِکرِ زِ اَسہ ما چھہ ییٚم پونسہٕ پانس کھسنی ۔مقبوٗلس بَنِہ روزگار، یتہٕ کیا غم چھُہ ۔ ووٚ نی کوٚ سہٕ لوٚکرِ چھیہٕ نیران اَتھ پنڈارس ۔

أشی گیہٕ راضی، پوٚز مقبوٗلس پیٚٹھہٕ پیٚلہٕ کتھ وأژ تَس موٗن نہٕ دِلَن پوٚز گُلن موٗن نہٕ تُسند کینہہ تہٕ پنڈور گُنتھ دِتی حاجی اسماٗلس رۄپیس ستھ ساس ۔ وُرِ یَن جوراہَن پکہٕ نوٚو اِسمال حاجی گلہٕ وأنی یتہٕ ینہٕ ۔گرا وۄنتھ دفتر جوٚمہٕ پیٚتھ نیرن آڈر تہٕ گرا دفتر جوٚم گرِھتھ ۔مقبولہٕ ہیوٚتُن پریشأنی ستی

پاگل ہیُو گژھن ۔ سُہ یِتھے پنڈاری کنِہ نیران اوس تُس اوس اندری نار ہیُو

کھنڈان تہٕ وانٕس گرٕیتھ اوس سُہ ماجہ ہاٹ پھٹراوان ۔ تنگ یِتھ گوسہ

اکہ دوہہ پانے حاجی اسمائس گرٕ ۔ کُس تام چیف تہ ٹھیکہ دار اوس تُمس سِتی

بِہِتھ ۔ مقبولس وۄن حاجی سندِ لوشرہ لوتہ سُہ چھُہ آوُر ۔ پوٚز تمِی موٚنگھ نہٕ کینہہ

سُہ ژاوٚبے وایہ تِتھی کھٕنس منز یِیتہ اسمال حاجی اوس ۔ لیکہ پونشہ ژارنس تہٕ

پونسہٕ منگی نس ۔ حاجی وۄنتھ ژرٕہھن "یہ چھُہ اپارِ گاٹہک پاگل ۔ خبر کیا

وَنان ؟ اَسہ کیا اچھ یمن شکس لدن ہندِ پونسن کرُن ۔ خبر کتھ گن ہووُنس"۔

حاجی دِتی مقبولس پرٕتھ پونشہ تہٕ ہیچون اَتھہ کڈنووُن دکہ دِوان نبر ۔ ییتھہ

سۭزراوہس گامہ شُری یتہٕ ۔۔ "مقبول موٚت نار توٚت" ۔۔ وَنان وَنان ۔

مقبولہٕ بنیوو اَمی دوٚہہ ییتھہ پزی "مقبولہٕ موٚت"۔

یمنے دوٚہن منز وُتھ شورش ۔ واریاہ نوجوانو تُلی بندوق ۔ بم چلاوِکھ

نار دِنکھ، گانسہ ہرگاہ کینہہ روٚٹ گوٚرنکھ تَس تہٕ آیہ لِکار ۔ اُتھی دوران گو

مقبولہٕ دوٚن ترٕن دوٚہن لاپتہ ۔ ترٕیمہ دوٚہہ اُنکھ تمی سِنز لاش گرٕ ۔ تسنز

لاش وُچھتھے گو اَشمہ گائلہ تہٕ ......... دیُت تمہ تہ امانت ۔ گلہ واُنس

کھٹی یہ ڈی زِ کوٚتھہ نہ کرتہ ۔ پوٚز دِل کوٚرُن سمندر تہ محوس دیُتن سیٹھا

دِلاسہٕ ۔ ہیچو مرٕنہ کھونہ زیادٕہ مشکل گو تُمس یہ زِ لوکھ اُسی مقبولس بدٕ لے

توہمتھ لاگان .....!

مقبولہٕ نس مرنس ییتھہ آے علاقکی لوکھ گلہ وانس تعزیتس ۔ یمن منز

اوس اَکھ ہیتھیار بند نوجوان جمال دین ۔۔۔ سُہ اوس اکہ جماژ ہند گروپ

گروپ کمانڈر۔ شکلہٕ صورتہٕ تہٕ جوٲنی کنۍ عٲمن تہٕ غان مقبوٗلس ہیوٗ۔ تمۍ دِیُت
گُلہٕ وٲنِس تہٕ محموٗدس سۭٹھا دلاسہٕ۔ یِمن نِش یُن گرٕ ژھِن بنوٗن موٗمول ــ

یِیمہٕ دوہہ تہٕ جمالہٕ اور بییہ ہیٚے محموٗدٕ ٲس نہٕ کینہٕ کھیوان۔ وارٕ وارٕ لٔج محموٗدٕ
جمالس آین تہٕ گراین وُچھنہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ ٲس سو زَن تِمس مَنز روٗدمُت بوے
نبان تہٕ پتہٕ ٲس سو تَس مَنز پکھٕک مہارازٕ ژھاران۔ دوشوٕنی گییہ اَکھ اَکۍ سٕتۍ
اَیتز مارے زِ دوٗر روزُن باسیو کھ مشکل۔ جمالن کُر محموٗدس یہ فکر تاریخ کوشش
زِ تسُنز زِندگی پیٹھ چھُنہٕ کانہہ بَروسہ۔ تَس چھییہ اَکہ طرفہٕ ملٹری پیٚہ تہٕ دوٚیمہ
طرفہٕ چھِس ہتھیار بند نوجوانن ہُنز بیاکھ جماتھ زاگان، مگر محموٗدن موٗنس نہٕ ــ
محموٗدٕنی مٲلۍ کُر نہٕ مزاحمت۔ تَس اوس گوڈے سورُے دوٚدمُت۔ آخرٕ سۭپُد
دوشوٕنی ہُند خاندر طے۔

محموٗدٕ ٲس نہٕ کُنہٕ وِژان تہٕ تَس ٲسہٕ ساری غم تہٕ گاٹلہٕ مَشنہٕ لگہٕ متۍ۔ سو
ٲس دوہہ راتھ جمالُن مہرازٕ مۆ کھ دیدمان رٔٹتھ پانہٕ سۭتۍ وسان تہٕ اسان۔
تِمہ دوہہ گو تَس دِل ہَنگہ مَنگہ وُداس، پیٹھہٕ روزِس دوٚہی دوٚہس
اُچھی پھوران۔ خبر جمالس گو ژھ خارے آسُن۔ شام سۭپدان ہیوٚتُن تَس دِل
زیادے راوُن۔ اَتھی منز گییہ کنہ تام نزدیکہٕ پیٹھے گولہٕ چلنچ آوازٕ۔ سو درایہٕ
نہٕ وٲرے تُوری کُن یورٕ گولہٕ چلان باسیمٕژ آسَس۔ پان ژٹان، مَس
کڈان وٲژ سو بونہٕ پوٗرِنش۔ تَس سُندِس مٲنزٕ مہرازس ٲسی گولہٕ سۭتۍ ووٚلٕ
کٔرتھ۔ مٲنزِ بدلہٕ ٲسس تِمن منز میٚژ۔ محموٗدَن وٲج کلِچ پوٗژ تہٕ تراوُنس پیٹھ۔
تِمن منز میٚژ کڈان کڈان ٲسس مٲنزِ وبدا کھ دِوان۔ یوٚتام جمال تہٕ جمازٕ ژ

نفر آے تہٕ ژُنلکھ۔ محمودس آو مژر۔ سو گیہ دیوانہٕ۔ سو چھیہ تنہٕ گراپا نیسے ستی
وَوان تہٕ گراوَنان :

"کتہٕ تھوون ــ کتہٕ تھوون ــ مورَون ــ مورون ــ"

گُلہٕ واُنی اوس پتہٕ کانسِ وُنی دِوان زمحمودَن گڈ بِسترِ منز کُنی وُٹھ،

زَن تہٕ وانا کھ خاب وُچھتھ کھوور ہمژاُس ــــ !

"کتہٕ تھووَن ــ مورونے ــ مورَونے"

تھنز پتہٕ مژکر یکہٕ بوزتھ گوگلہٕ وانی زَن تہٕ نیندرِ منز بیدار۔ تمہٕ ہیوت

محمودس کیا ہتام وَنُن۔

"ــ دس سال کی عمر سے اُوپر کے تمام مرد باہر آجائیں ــ"

یہ بوزتھ کرِن گُلہٕ وانس تھر۔ مگر س زَن تہٕ آس لورِ دب۔ محمودٕ وُژھس!

"ٹاٹھبو یہ کیا ؟"

"کوری ملٹری چھہ گامس گیر کورمُت۔ تلاشی چھکھ کرِنی......"

"تلاشی ــ ییتہٕ کُس چھکھ ییس نِن ــ مقبولہٕ تہٕ مورُکھ تہٕ جماُس

کرِکھ وُوٹل۔ وونی کم چھہ یمن مارَن ــ؟"

سو گیہ یکدم سنجیدٕ۔ تس لج اُژھس دَورایہ ــ تہٕ بے قراری سان

پرژھُن گُلہٕ وانس ــ !

"ٹاٹھیا ــ یمن آسیا پتہٕ ــ مقبولہٕ کمی موژر ــ جماُس کمی کرِی

پوشہِ بدنس وُوٹل ــ بہٕ گژھے یمنے پرژھنہِ ــ"

گُلہٕ وانس ووتھ وارے تلواس۔ تس اوس نہٕ بوزنُے تکان زِ سہ کیا

کرِ۔ سُہ اوس یِی سوچان زِ محمودَن تُج دَو تہٕ درایہِ نبر، گُلہٕ وأنؠ ہیوٚت تَس پَتہٕ دوٗرُن ۔ ٹبڈٕ موہنیُو ہیوٚک نہٕ تَس پُوشِتھ۔ سو پِتھؠ دوران دوران ملٹری والہٕ بن ہُندِس گیٖرِس نزدیک وأتھ أکہِ وَردی پوٚشِن دلبوٗ ڈریگر ـــــ محمودَن تِچھ زٔنگہ ـــــ تسندٕ بن نمن تہِ ژٲیہ مأنزِ بَدلہٕ میٚشر ـــــ تَس نمن منز میٚشر کڈٕن وول گُلہٕ وأنؠ اوس ٹاس بُوزِتھؠ رُوزِتھ گومُت ـــــ !



# مرن ووٚنۍ

اوٚندپوٚک اوس ہَنہٕ ہَنہٕ ووٚنۍ شامہٕ کِس کریہناریس تَل غاب گژھنہٕ لوٚگمت۔ حسبِ عادتھ آسۍ لۄکھ گرٕن مَنز تہٕ سڑکہٕ تہٕ بازر آسۍ وُدا آسۍ تہٕ واٹران۔ سُہ اوس تیز تیز قدم تُلان گرٕکُن لپکان۔ تسٚندۍ قدم آسۍ اُندری خوف باوان یُس تَس شامَس معمولہٕ کھوتہٕ زیٛری گرٕ واتنُک اوس۔ تَسنٚدِ بُتھِ پیٹھ آسۍ ودا آسی تہٕ پَریشانی پرٕیدٕ اں۔ سُہ ییلہِ گرٕ ژاو اَتہٕ اوس کِچنَس مَنزٕ اکِہ طرفہٕ گیٚیَس پیٹھ پریشر کوٚکر چکہٕ دِواں تہٕ دویمِہ طرفہٕ آسۍ شُری ٹی وی ترٕاوِتھ "چتر ہار" وُچھان۔ یِہ سورُے وُچھِتھ کھوٚت تَس سٹھاہ خشم۔ پوٚز کانٛسہ کینہہ وَننہٕ ورٲے ژاو سُہ پَنٕن کُٹھ۔ پَلَو بدلاوِن تہٕ ژاو باتھ رُوم۔ تمۍ چھوٚل نماز پَرنہٕ کہٕ نیتہٕ اَتھ بُتھ۔ پوٚز واپس کِچنَس مَنز واتِتھ لُج تَس سَخ بوٚچھ۔

" دِکھ نامِیہ گوٚہ ڈُبتہٕ "

تمۍ وۅن آشنہٕ۔ سو وُژھ جل جل تہٕ وولن گیسہ بیٖٹھ ہیٖن تہٕ شُورُن تس توٚت توٚت بتہٕ۔ تمۍ کھیٚو میوٚنڈ کھنڈ تہٕ ووٚتھ خشمہٕ سان۔

" ییٚتھ کیا چھُہ رنس گومُت ؟"

"کیا چھس گومُت ؟" تمہ پرُوژھ نرمی سان۔

"یہے زڈا چھکھ نکھہ والان" سُہ ووٚتھ شرارتہٕ سان۔

تسنز آشنہٕ اوس وونی ژلیومُت زِتس چھیہ کیا تام پریشانی تہٕ لوٚے پھُہ سُہ اکھ نتہٕ بیا کھ ہیتھ گرِتھ تس ستی ہرکرِ نی یژھان۔ تمۍ پیٹھ ووتھہ تہٕ ہیوٚسھ لوٚب کُن بتھ ژکہٕ راوِتھ۔ برونس کھنڈس تاب کرِتھ وُژھس آشینی۔

"دوٚہی دوٚہس آسوا زفاقے۔ وونی چھا راتس تہٕ اِتھے کنہٕ روزن۔ یِنُن نے تو تہٕ گژیو یمِن کورِن ہُنز خیال۔"

" نسا! فاقے کتہٕ اوسُس۔ دوٚہس چھِم نانانہٕ کیا بہٕ کھیٚمنی توے لوٚگم نہٕ چانس شُوبہٕ دار رنس ہز ۔"

" ژکو نہٕ صاف صاف وَنان دلیل کیا چھیہ۔ خارِ ہے چھا؟ "

"ہسا! کیٚتھ سا خار تہٕ کتہٕ خار"

وونی اوس تَسُند لہجہ نرم تہٕ سنجیدہٕ۔

" سکولہِ بلڈنگہ ہُنز بِلہ آو گھر۔ صاحبن کوٚر PAYMENT تراونس صاف انکار۔

"تو بتہٕ کیا گو ؟" آشینی وُژھس ولاسہٕ دِوان

"ژکیاز انکھ، یگھس بیٹھ کس چھُ اختیار سون چھُ صرف از....
پیٹھ رُودی حلیمہ لالنس خاندرس فقط پنُد ادوہ۔ رو پییہ نے آسُن ساڑے
اپری پیری وُسی مالنین منز۔ پیاری گرِ ٹھہ مکانہ بناونک سوُرُے پروگرام تھامہ"
تِم آسی وُنہ یمہ نے کیتھن ستی زِشرپوترو و ریڈیو اُرد و خبر بوزنہ باپتھ نہ
لوگھس بی بی سی۔ ریڈیو اوس وَنان....
"یُتھے یہ سرونتا قصبس نکھہ اکس گامس منز ووتس، میہ وُچھ نہ اَتہ
کانہہ بسکین۔ اکہ مکانہ کس آنگنس منز آسہ پانژ پیٹھ دہہ وری وانسہ ہُندِ ژ
بچن ہُنز ستیہ لاشہ۔ یمن آسی کلہ ژٹتھ۔ برونہہ یہمتھ آسی اکس زنانہ ہُندی
جسمکی ٹکر چھکریتھ۔ گاہکی تمام مکانہ آسی گولہ باری ستی اَڈ ڈدی تہ اَڈ پھٹی۔ یہ منظر
وُچھتھ پھٹی میہ سارے بدنس تیر کنڈی۔ واپس سرالیو وہ ایتھ دراے میہ
راتھ اچھو کینہ۔ بہ یتھے اچھی وٹان اوسُس یہ المناک منظر اوس میہ نال ولان"۔
اقوام متحدہ کس امدادی اہلکار سُندِ یہ چشم دید احوال بوزان گیہ کمرس
منز ہیتھ لوکٹین کیو بڈین سارنے ژھوپہ۔ تمن آشنہ آس زیادے
دم پھٹی ہِش۔ پننہ پریشانی ہُند اظہار کران پروُرتھ تمہ خاندارس:
"یہ گیہ نئ قیامتھ۔ یہ آسیا پوز؟"
"پوز آسو تن یا اپز ژہیہ کیا اورسنن"
سُہ ووتھ لاتعلقی سان۔ تسنز آشنہ ترُوو وو شاتہ شرہ پوترو بینہ ٹی وی
تہ لگی سیریل وُچھنہ۔ برونز کھٹ ڈگرہتھ ووتہ سُہ پانے آشنہ کن۔
"ژہہ ماسا اوُنتھ یتی مہ رُتک تنخاہ؟"

تِمہ وۄنِنس لۄتی " نا ......! "

" کوسہ ساتہٕ رٕٹھ بیٚیکھ "، تمۍ وۄن بے صبری سان ۔

" میۍ وۄپ چھانَس وَنہٕ ہَو لگہٕ ٹکرٕ گرٕنۍ ۔ مگر ژھرِ ہوا تھوکیاہ وَلوس "

تمۍ وۄن فِکر گیری ہُند اَنداز ۔ یہِ کتھ باسے یہِ تٔسنٛز آشنہِ معقول تہٕ وۄدٕ ہس ۔

" اَد کیا یہ چھُس پانہٕ تہِ کھوژان "۔

" کتھ ؟ " تمۍ پرٕ وژھُس حَیرٲنی سان ۔

" یمے جانہٕ مرگ ہرگاہ آنگنس مَنز لگہِ ڈیرِ وُچھن ۔ پرٕ ژھوتَن یہِ کَس ہیٛرٕ وٕ

کَتہِ اُنو ۔ پتہٕ آسہِ ہیکُن "، تِمہ وون پننہِ پریشٲنی تہٕ خوٗنگ اِظہار کران ۔

" اَو وۄنۍ لگن سانہِ بلایہ ۔ اَسہ گاہٕ ژٕٹ تام کاہنٛے "

تمۍ وۄن آشنہِ ہٕندی اَندیشہِ دُور کرٕنۍ کوٗشش کران ۔ وۄنۍ آسہٕ

ٹی وی پیٹھہٕ خبر چلان تہٕ یہ خبر بوزِ وُن کٔڈ تمو وۄٹھہٕ ہِش ۔

" کشیٖرِ مَنز چھہ سوپورٕ اَکِس نارہٕ وٲرداتس مَنز تقریباً ہتھ مکانہ تہٕ

پنٛژاہ دُکانہٕ دٕذی متہٕ ..... نار لۄگ ...... "

تٔہنٛز آشنۍ گیہ زیادے پریشان ۔ پریشٲنی ہُند اِظہار کران وۄٹھ

سوہ خانداس :

" دۄپمے سوپور زوٗلکھ ۔ خبرٕ کتی خانہٕ گیہ وٲران ۔ اَزجان تہٕ آسَن

واریا گاہٕ متہٕ ۔ وۄنۍ کیا بَنہٕ ؟ "

تَس ستۍ اِتفاق کران وۄن تمۍ ۔

" وۄنۍ چھُنہ یہ جاے روزٕنۍ لایق ۔ یئتہ چھُہ بس نار تہٕ مار تہٕ بہ

بچوس اَز پانہٕ اَتھن پھوٚکھ دِوان ۔ بہٕ اوسُس لاچھو کہ صاحبس نش

گڑھنہٕ باپتھ پکان زِ مِلٹری گاڑ لوٗکہٕ بم تہٕ پتہٕ گیہِ فائرنگ ۔ بہٕ ژاس

بوٗٹہٕ وانس مَنز ۔ وانہٕ کِس شٹرس تام آیہٕ گولہٕ ۔"

" کیاہ گوو، کیاہ گوو ۔ تسٕہِ آشنی لج پانٕی پانٕے وہی والٕے کرنہٕ"

اَمہٕ پتہٕ گیہِ کمرس منز برٛونٕزِس کھنڈس ژھوٚپہٕ ۔ وۄنی آسہٕ خبرٕ

مو کلیمٕ تہٕ ٹیلی ویژنہٕ پیٹھہٕ آسی موسمک حال وَنان ۔

" پگاہ تام چھُہ کشیرِ منز دوٗر دوٗر تام رُود پینک اَمکان" ۔ یہِ بوزِتھے

بدلیوٚو کمرُک موسم تہٕ سوٗ ژھ خاندارس کُن ۔

" دوٚپے اَزلیوٗ سہٕ لکہٕ ووٚاژ سو چھیہٕ ژھدنہٕ روٚس تٕہٕ، یہِ ما

گڑھہِ رُود بستی خراب"

" کیٛژا چھکھ اَنہٕ ژ اَز"

" دیان آسی ژٕ تٕجہ فٹہٕ" آشنہِ وونس درجواب ۔

" تیٛلہِ لگہٕ اَتھہ راتھ تُلنس، پیٹھہٕ بوز مچلی محلہٕ ٹھسہ رائے، وۄنی پیٛشراو

خُدایس ۔ ویسے تہٕ چھُہ نب صاف ۔"

تمہٕ پتھے ژھوٚپہٕ کرٕ آشنی وٕ ژھس:

" وۄنی کیٛژا لکہٕ چھیہٕ یمن اَنہٕ؟"

" اَہنی آسکھ زٕ ڈاۓ ہتھ فٹہٕ ۔ وۄنی بیٛلہِ نہٕ رو پیٛئے ترٕ ۔"

تہنز کتھہ پیٹھہ حارٔنی ظاہر کران وٕ ژھس آشنی:

" مکانہٕ کوتا لوٚڈ چھُہ بناوُن؟"

" تیوٗ لوٚڈ یوٗت سہٕ پانس منز اَتہ تام کاغذ نیوٗ وُت چھُہ" تمہ

وۄن فخرٕ سان ۔

"مگر مجبوری کیاچھیہٕ ۔ شُری پننی زِ چھہ۔"

"ژُکہِ چھے ناما لنین ہٕندی پاگٹھی تنظر ژھوٚٹ ۔ یہِ اَز بَنہِ تہٕ مابنہِ پگاہ ۔ جنگل موکہٕ لوٗکھ ۔ زمین تہِ آو موکلان ۔ وۄ ذکتہِ بناون یم شُری برونہہ کُن مکانہٕ ۔ بییہِ گرِ ھ چیز نامن لائق بناوُن ۔ یامن لایق نہٕ کیہنہ۔"

تمۍ دِیت پنُن فٲصلہٕ ولیپلوسان ۔

"مگر تیٚژر وہ پیہ کتہ ین ؟"

"دکرو وۄ ژم وۄ رُد ، پوٚز اپز" تمۍ وۄن اعتمادٕ سان ۔

شُری آسی وۄ ذی ٹی وی پیٹھہٕ ماحولس متعلق پروگرام وُچھان ۔ افریقہ کہین جنگلن ہٕندی صحراوی شکل ۔ زُوزاژن ہند نابُود گژھن بتر ۔ راوی اوس وَنان ........!

"ہرگاہ کُلی کٹنے وایہِ ژٹنگ تہٕ نابکاری پھہلنگ موجود رجحان جاری رُود باقے زُوزاژے نہٕ پانہٕ اِنسان تہٕ گژھِہ نابُود ۔ قحط ووتھہِ سمندرُک سطح تھدِ ۔ بتراژہند درجۂ حرارت بڈِ ۔ سانی شُری ہیکن نہٕ قسمہٕ قسمہ کہین جاناوارن ہند بُتھ وُچھتھ ۔"

یہ سوٗرے وُچھتھ تہٕ بُوزتھ وُڑھ لوکٹی گور اَڈ کجہ زلوتس کُن ۔

"ابوٗ ابوٗ تیلہِ مرنا سارے ۔ کاو تہٕ کوتر تہٕ ، ژرتہٕ ، بہ تہٕ ؟"

تَس گیہ یہ بُوزتھ اژھ پیہ ۔ پوٚز بڑونز کھنڈ گژھتھ ووٚتھ سہ شُری ۔

"پگاہ پیٹھہٕ گژھِ یہ بکواس شامس بند تھاوُن ۔ یمو چھہ زن مَرن وانی جیٚوتت ۔ تَس چھہ مَنجہ خبر دِوان تہٕ منجہ کیتھ کران ۔

# ژٕمہ جوٗر

ووٚنی اوس جلسہٕ پوٗرٕ پآٹھی گرکیوٗمت "زندہ باد، زِندہ باد" نعرٕک
گُژ زاوس میانہٕ کمرٕ چہ دارِکتی تتھ کوٗنس تام ژھٹھ کڈان ییتین بہٕ شامہٕ چہ شِفٹ
ڈوٗٹی دِنہٕ موکھہٕ شہرٕ وٕہٕ پچ سکھ کران اوسُس۔ اکھ کھیش پلوٗن، اکھ بوٗٹس،
اکھ کلس۔ گرِ اوسنہٕ میہٕ ورآے کہنہٕ، تمہ آسی ساری جلسس منز گامتۍ۔
بلایہٕ اتھ شِفٹ ڈِوٹی۔ نتہٕ گژھہ ہا بہٕ تہٕ جلسس منز۔ تنہٕ ترووٕنہٕ میہٕ ییتھ
گاسس منز سپدن وول کانہہٕ جلسہٕ ییٚنہٕ میہٕ ژٕم جو گو ڈنیتھ وچھوو۔
تیٚلہٕ اوسُس بہٕ دوٚیمہٕ کِنہٕ تریٚمہٕ پران۔ بٔنی مِس وُٹس منز اوسُس اِستادٕ
زِ اکھ تدٕ کنی ژھوٹ، ریشہٕ وول، ٹوٗپی دِتھ کرہنہٕ رنگہٕ پھرن تہٕ دالہٕ پیسہٕ ستی
ٹیب دِتھ، نائلان چینی لاگتھ نفراہ ژالیو اور۔ تس اوس بتھ پٔژ زلوٗن تہٕ
جسمہٕ کنی لاغرے یہن آسیتھ باسیو میہٕ سُہ کنہٕ تژگر۔ تمی پرژھ میہٕ زلالہٕ صاب
کتہٕ چھُہ۔ میہٕ آو تمی سُندِس اڈکوٗل گژھنس پیٹھ اُسن تہٕ ستی ہووُمس اتھہٕ

سِتی زِلالہٕ چھُہ ہیر۔ تَسند ہیۆر کھسنہٕ پَتے کوٗرمیہٕ ماگٲلؠ آکھ تہٕ وۆنُم۔
"یمِس کھاگٲلِ گٕس چاے۔" میٚے بٲسیو زِ اڈکول رٕحم جوٗ گرِ چھ

لاٗسِ کِس تام خاص پۄترٕ آسُن۔ ییلہ بہ چاپے ہتھ کھۄتُس، میہ بوز رٕحم

جوٗنِس تہٕ لالنِ کتھ۔ رٕحم صاب اوس وَنان۔

بی صاب جلسہٕ گرِ رٕتھ کھسُن۔ علاقس مَنز چھِ یہ گوڈنیک جلسہٕ۔

لیڈر صابن آسنِ چھُہ یُن۔ پرتھ گامہ کِس ڈیلی گیٹس لیکھی زِ یوٚ میانِ طرفہٕ۔

چِٹھِ تلہٕ گَنہِ لیکھی زِ یوس میون ناو، خواجہ رحمت اللہ جوٗ بانڈے۔

رٕحم جوٗنِ تیر نہٕ پَتہٕ وارِ ہِن دۄہِن اوس لالہٕ صرف چِٹھ لیکھان تہٕ تِمہ

سوزان۔ پَتہٕ سپُد جلسہٕ۔ بُتہ گوٚس گامہٕ کِہن ہتہٕ وادٕ لُوکن سِتی۔ زندہ باد،

مُردہ باد تہٕ ہاے ہاے ورٲے تو رنہٕ میہ کیہنٛہ فکرِ۔ مگر میہ لُوگ بَڈ مزٕ......

زِندہ باد، زِندہ باد گرٕزاوس نہٕ وُنہِ تہٕ ہمان۔ امار رٕحم جوٗ تہٕ آسہٕ از جلسس

منز۔ وۄدٕ گو میہ وار یاہ کال تس وُچھنَس۔ شاید وُچھو میہ پتہِ میہ لٹہٕ سُہ

تِمہ دۄہہ، ییلہِ سہ لاٗس سِتی کُٹھس مَنز ہتھ قربان کٔرِن تہٕ نِزن تِستَن تہٕ اِمہٕ کِہن

ممبر شِپ ٹکِٹن ہُنز کتھ کران اوس۔ لالہٕ وۆنُس ۳۲ زُڈٕ تے، یم گیہ رو پیہ

اَرد اوانِس نِحَفن یمہ چھیہٕ اَٹھے۔ اَتھی مَنز وۆتھ رٕحم جوٗ، زحفِ چھِکھ ڈۄلِمُت۔

لاٗس گیہ اَچھِ نار تہٕ یاشاہ کرٕتھ تراوُن رٕحم جوٗس کھوورِ اَتھہٕ تھاپر۔ گنے جرزی

گو۔ رٕحم جوٗس لیوٚدوَے لیڈر رٕھٹھ پھیر مگر واد کوٗرُن نہٕ۔ سہٕ اوس لاٗس کُنے

مُدے گندٕتھ وُچھان۔ تِہنز اَچھِ آسہٕ زِنتہِ اَشہٕ سِتی بٔرتھ مگر خبر کیا ہرِ لسے

ہیوٚہ اوس کران۔ میہ کھُر اِمہِ وِز لالہٕ نِس ولو ہارِس پِیٹھ ژکھ، مگر وُنہِ ہس کیاہ

بُرنزِس کھنڈِس کرنہٕ کانسی کتھ ۔ لالہٕ ووٚتھ رٕحم جوٗس :

" بلایہِ حِض لگے ۔ میہٕ دِحض مانٛی ۔ بیٚیہِ چھے یِہ مِیانٛی توٗ صدرِی ، یِہ لاگ

نانٛد ۔ دِلو میہٕ دِلک بار زٕلہٕ ۔"

" تحض تیوٗت یَتھ پیوس نہٕ وُنہٕ ۔ بہٕ چھُس خوجہ کوٹ ۔ بہٕ لاگا پرٛانہٕ وار ۔

ووٚن گو مانٛی مُنجوٗ سوہ وڑہ ۔ مے ۔ بہٕ چھُسے اَکی تاوَن وولمت ۔ اَدے کھیو کھ میہٕ

باہ ترکھ زمین تہٕ کاشکار و ۔ تِہ کیاز بہٕ چھُس یِرَچہ تنظیمہٕ سیتی ۔ پوٚز یِرَ پانے اکِہ دوہ ہہ ۔"

اَمِہ پَتہٕ کِہے کانٛد روٚٹ رٕحم جوٗ تہٕ تنظیمہٕ کارِ سرکار تہٕ رٕحم جوٗ گو غائب ۔ لانٛس

نِش تہٕ آو نہٕ تَنہٕ کانٛہہ ممبر شِپ رَٹنہٕ ۔ جَلسہٕ سِیٹھی مگر ٹیمِک سٹنزاوس اَپارِ مہٕ گانٛٹک

مشینہٕ وول حاجی صاب پانے کران ۔ اَزی کِس جلسٕس تِہ چھُہ سُے اہتمامی ۔

زندہ باد ، زندہ باد گُرِزاوس جارِی تہٕ بہٕ وراس بٕسِ سٹاپس کُن ۔ پکان

پکان بوزی میہٕ جلسہ کِس خاص مہمانہٕ سُندی اَکھ زِلفظ ۔ "جمہوریت چھیہٕ یِرَتھ کانٛسہ

اختلافک حق دِوان ۔ اَسہِ باسیو وُ لوکَن ہنزِ بجانٛی باپتھ قیادتٕ چھیو ضروری ۔

لوکن ہُنز بجانٛی باپتھ پیٚیہ تَن اَسہ کینہہ تہٕ کرُن ۔

بسِ سٹاپس بیٹھ ، بسِ اَس نیرنَس تیار ۔ "دِحض راہِ للّٰہ کینہہ ۔"

میہٕ کُڈ وٕہٕ ڈہِش تہٕ یَتھ کُن دِژم نظر ۔ یِہ اوس رٕحم جوٗ لوٚٹہ رٕدِ ستے ۔ تس اوس

بُتھ ہمنی کتر ہیوٚہ ۔ نہٕ وورُے ۔ یِراژ ہو چھپر ۔ اَچھ وُسِتھ گمرٕ ۔ "دِحض کینہہ راہِ

للّٰہ ۔"

وَسو یار وُلہ ڈُلوٚن ۔ کلینرن دِیتِس بوٚن کُن دکہ ۔ رٕحم جو آو سُرڈکہٕ

کھوری کِنی دُکانَس سیتی چھاونہٕ .....!

( اکتوبر ۱۹۸۵ء )

# ژُرِ گیُند

پَننہٕ گامہٕ کِس بَس سٹاپَس بیٹھ وٲتھے پٮ۪و مےٚ اَز خبر کیازِ واریاہ وُری بُرٛونہہ سُہ دوہ ہے یاد۔ تِمہ دوہہ شہرواتہٕ وُنٕے گیوٚس بہٕ ہیٚے بُنگہٕ ہیوٗ۔ رنگدار گاڈٕ پن ہُند بٔتی کُرِتھ ژُن، لُوکہٕ اَرساتھا اورِ یور خبر کیا کران ۔ اما یوہ ہےٚ چھا شہر۔ یہِ کیا بدلےٚ تربہٕ ترٛپھ؟ مےٚ ہیٚڑ وولاَس پرٛژھُن مگر تمیٚ آس مےٚ دٔچھنس اَتھس چیرِ تھپھ کٔرمٕژ تہٕ اوس سَڑکہ اَپور دَوان تَران۔ اورِ گاڈٕ ہنز آواز بوزِتھ تِجے یہِ تمیٚ زیادٕے دَوتہٕ مےٚ تہٕ ژایےیہِ تھر تھر۔ سڑکہِ یپور وٲتِتھ وُچھوو مےٚ نٔوی بلوتہٕ بَدلے بُوٹھ لٲگِتھ اَکھ گونژھل موٗہ ہیوٗ سگریٹ دٔہہ تراوان، اَسہِ کُن بدلے پاٹھی وُچھان تہٕ اَسان، اَسہِ ما چھُنہٕ تَکِن تَگان۔ مگر کیازِ؟ مےٚ زَن تگہٕ نہٕ بہٕ آس ازگو ڈنچہ لَٹہِ یور۔ لالہٕ چھُنا پرٛنتھ رتہٕ پوٚچھہٕ ٹاٹھہِ نِش گرٛژھان۔

تِمہ دوہہ اوس مےٚ تہِ پوٚچھہٕ ٹاٹھہِ ہُند گرٛژھُن تہٕ اَوے اوسُس بہٕ سیٹھا خوش۔ بہٕ اوسُس لالَس پرٛشھان تہٕ پرٛژھان „ واٲتی نا اَسی دُنہِ؟“ سُہ اوس

وَنان ۔"بَس وۄنۍ لگہِ کےٚ کال"۔ مےٚ وُچھ اکھ کور سائیکل چلاوان:

"اَلٲےٚ خو دایا....کورِ تہٕ چھا سائیکل چلاوان؟" مےٚ ژجو وپیرِتھ۔ سو

وٲژ ییتِس کالَس مےٚ برٛونہہ کُن۔ مےٚ ڈیٖوٗ بہٕ تراوِس ڈٔچھنۍ کنۍ جاے تہٕ روز وس

کھوورِ کُن پکان ــــ سو آے سائیکل ہیٚتھ اوری کُن۔ مےٚ ہیٚژ وو کھوورِ کُن پکُن تہٕ

سو باسییم اوری کُن پکان۔ تمہٕ تراوو مےٚ کُن وُچھتھ اَسُن تہٕ ژَجے یہِ کولہٕ بٲچہ

ہٕندی پٲٹھۍ۔

تمہٕ دۄہہ کرے یہِ لوٚپہٕ ٹاٹھہِ مےٚ ڈٔکس میٹھۍ تار۔ مےٚ چھنیہٕ جاے تہٕ

تمہٕ پتہٕ ہیٚژ وُنَس بہٕ تنگ ہیوٚن۔ سو نٔچان اوُس نیر ہا تہٕ گنڈِ ہا مگر شۍ کرۄ نین

گاڈٕن ہٕنٛز شورشرتہٕ بدلے پٲٹھۍ اَسَن وال ہٕند اَسُن اوسُم کھوژ ناوان۔ مےٚ

ییٚوو گامُک گوری وان یاد یتھ ڈٔچھنۍ کنۍ وَسہٕ وِنۍ گامہ کول تہٕ کھووری ژھو پاوی وَتھ

اَس یتھ دۄہس خال کانہہ کانہہ نفراہ پکان اوس تہٕ اَسی ژتہٕ" بہٕ تہٕ رحمانہٕ ٲسی

منزمٲ دانَس گرا سنر ژنگس تہٕ گرا ٲٹھۍ کچہ لٹھس گنڈان آسان۔ ییتہِ سے کالَس

منز کریوٚو لوٚپہٕ ٹاٹھہِ تس آلَو تہٕ سو ییلہِ گٹھس منز ژاییہٕ کوتاہ خوش گئیوس۔

تس ٲسی اصل یلولاگتھ تہٕ اَس مےٚ سُتب۔ لوٚپہٕ ٹاٹھہِ وَنیوس۔ بلایہ لگے

یہِ چھے مامہٕ لاگن نکہٕ۔ گرٛ ھو گنڈِ و آنگنس منز تام۔ یپتہٕ وژھاےٚ ٲسی تتھ لوٚکٹس

آنگنس منز۔ تتہٕ آسہٕ زۄدٲن ٹھر۔ یمن دۄنوٚنۍ وزۄلۍ وزۄلۍ دٲن پوش ٲسی۔ وَسہٕ

وُنہٕ آفتاب چھ زۄنہٕ۔ دٲن پوشن ہٕند یپر زلون رنگ سو تہٕ تسندی خوش یوٚنی پلو

تہٕ ہیون رومُت شُری پان۔ اُتھی جاےَس منز وَنیوو مےٚ تس:

"وۄ لہٕ سنر ژنگس گنڈو"۔

تمہ ترٲلیوٗ واسُن ۔ میہ پیہ سائیکل چلاوٕن واجنی سو کور تہٕ سُہ کو نتھل موہنیوٚ

یاد ۔ تمہ واجوٗ اَکھ وٲن پوش تہٕ موچھہ زٕ ژٹہتھ وَنیوٚن :

" اَکھ زٕ تہ ترےہٕ ۔ ہیہ تہٕ وَنیوٚ وٕی ،" تمہ دوٚپُم " ژوٚن اوٚکس بوٚکس

تہٕ گَنڈرو "۔

خبر کیا زِ پیٖیہ میہ باسٔرہش تہٕ ہیٚتروم وَنُن ۔ " تیٚلہ وَن ژکس ....

شال کچہ کچہ وال گَئیم "۔ تہٕ آخری لفظ آیوٚو تتھ اَتھس یتھ منز ٲس وٲن پوش

اوٚس ۔ تمہ ترٲلیوٗ بڑ اُسُن ۔ میہ کھڑٲے ژکہ تہٕ تمہ وَنیوٚ ۔ " اَمے ہیٚمس کھرٕ

نَس تالہِ پیٹھ "۔ یِتہ وَنیوٚن ' اچھا یکھ ' میہ ہوٚر ' یِتہ روزٲے اَسی ژیر تام

گَنڈان ۔

تمہ دوہہ پِتہ تہٕ رُودُس بہٕ ہُنزی منزی لوچھہ ٹاٹھہ ہُند گرٕھان مگر از

اوٚسم واریاہ کٲر گرٕھن ۔ جماژ جماژ کھسِتھ یٖیلہ بہٕ اور گرٕھان اوسُس اَتہٕ

روز ہٕ کین دوہن اوسُس بہٕ تسُنز یہ کتابن پیٹھ پران ۔ اَسی آسی اکسے جماژ پران.

تمہ وِزِ اوسُس بہٕ خوش گرٕھان تہٕ بڈ ہیٹھ اَسان یٖیلہ تہٕ تَس کُنہ چیز ہچ خبر

آسہ ہے تہٕ ہیہ آسہ ہے اَرِچ پَتاہ ۔ تَس آس ڈیکس دٕرہہ کھسان تہٕ بہٕ اوسُس

وَنان ۔ " اَمے ہیٚمس ہا کھرٕ نَس تالہِ پیٹھ "۔ سو آس اور اَستاہ ترٲوان ۔

کالج گرٕھنہٕ کین دوہن رُود اور زِیادے یُن گرٕھن تہٕ سو گیہ جماژ جوراہ

رمیہ یتھ ۔ ووہٕنی اوسُس بہٕ تَس سٕتی گنڈنہٕ بجاے تَس سٕتی بحث کران تہٕ سٕتی

سو پَرناوان ......!

اَتھ دورٲن آس سو میہ بدٕلے اَمانہٕ وُچھان ۔ گرا اَسان تہٕ گرا ژکھ

کھالان تہٕ بعضے آسں وٕنان : گامکی لُڑکہٕ چھہٕ بڑہٕ محنتی تہٕ شریف آسان ۔ تہٕ گھِے آسں گامی زندگی تارٖیف کران ۔ ہنگتہٕ منگہٕ اوس میہ امہٕ وِزِ سائیکل واجنہٕ کوٗرِ ہُند سُے اُسُن تہٕ گونٹرھل مُو ہُنیُو بتھِہ پوان، اَوٕ کنی آسہٕ میہ نہ تمی ہٕسنز کتھہٕ تہٕ نہ تمی ہٕسنز اَدا خوش یوٗنٕ یاسان ۔

اَما اَز نہٕ آسیا سو تر ژھے؟ وٕری تروٗمبر گیہ تنہٕ ۔ بہٕ اوسُس یمہٕ نے دو لابن سُنتھ زِ بس واژتھ بس سٹینڈس پیٹھ تہٕ میانٕ نظر پیہ گوڈنیتھے میانِس ژھنِس اَتھس کُن یتھ تمہٕ دوٗ ہہٕ لالہ پیر تھیھ کرتھ اوس تہٕ یتھ منز اَناری رنگک رِوہ اوس یُس ہیتھ میہ اَزلو رگرتھُن اوس ۔

خبر کیاز اوس میہ پان اَز تمہٕ دوٗہکی یاٹھی رووُمُت ہیُو یاسان تہٕ اَوٕ ے ووتُس بہٕ تور ہنا زیری ۔ سازی آے تہٕ لگی میہ میٹھی تہٕ ماہ کرنہ ۔ ہتہ ہتہ لتہ کوٗرِ ہم مبارک ۔ اِسبندس لج لُسرِاے ۔ مگر میانہٕ نظر آسہٕ سارِنے نِش لاتعلق گرتھ خبر کس پراران، ییٖلہ تہٕ زیر تام تہٕ سو وُچھ کنہٕ میہ پرٕژھ لو چھہٕ ٹاٹھہٕ، تمہٕ وون ۔ " اَز گتہ بااز سو یور ئُس چھہٕ ووۂ نٕ پرٕنک نشہٕ کھوٗتمُت ۔ سو ہبا چھیہ یونورسٹی منز کس تام اِمتحان وان تیٖلہٕ آسِس چانٕ ضرورتھ آسان تہٕ آسں زیٖہ نِش یوان ۔ "

لو چھہٕ ٹاٹھہٕ ہنز یمہ کتھہٕ آسہٕ میہ خبر کیاز عجیبے یاسان آخر دراس بہٕ تہٕ ووتُس یِیاری مہٕ اَند تہند کُن ۔ میانٕ قدم وُتھی تھی کمرس کُن ییتہٕ سو گوڈے پراران آسں ۔ دروازُ مُرزوٗ نے گوس بہٕ ہے ولا!!! اَتُس آسں اُشِس دار تہٕ درواز س کُن آسں مدے گنڈتھ ۔ بہٕ یتھے تور ژاس ئُس لگی ہکی .... اَز آسں میہ سو زِنگ حسین ترین تہٕ سارِوے کھوتہٕ مانہٕ ساوُ شے یاسان ۔ ( مئی ۱۹۸۴ء )

# پٕکھہِ اَپارٕ

کُنہہ چھیہٕ صاف۔ بیاکھ وٕری گوٚہرِتھ۔ کانہہ تہٕ مُرادا ما آو بامُل۔۔ نہ سپٕرٕ پرموٗشن تہٕ نہ بٕدلیوو گاڈٕ کوٚچھک یہِ مکانہٕ۔ نہ گو کورِن کُنہِ جان سکوٗلس منز اڈمشن۔ پانٕس بُرونہہ کنہِ سیدٕ سیوٚ دیوارٕس پیٹھ ٹُنگتھ کیلنڈرس کُن مُدے گٔنڈِتھ اوس سُہ سوٗنچان.....!

.....بوٗرے رُووتِ یِیتہٕ اَکھ وٕری بُرونہہ اوس۔ مُلکی حالاتھ تہٕ تِتھی۔ نہ اور روز نس وار نہ یور۔ دوٚن کھراوَن پیٹھ کھورتہٕ پرِتھ گرِ پتھر لاینہٕ ٹینک اَممان۔ بٕدلیوو کیا یِتھ وٕری یِس منز، بس یہِ دیوارٕک کیلنڈر، یُیمی اَز پرانِہ کیلنڈرٕچ جاے رٹ۔ یہِ تہٕ گیہ نہٕ کانہہ تبدیلی۔ اُتھی پیٹھ دُرس عالمس منز لُوت شوٗرشر۔ مُبارکبادَن گاہتی ڈیر۔ کُنہہ سنا پیٹھ۔ وُمرِ چھونیوو اَکھ وٕری۔ سُہ تہٕ چھوٚنے تہٕ چھوٚتے۔

وٕری یِس منز پراوٚمژن تہٕ راوٚمژن وہ میدَن چھیوٚر وِوان اوس سُہ سیٹھا

...سی باسان۔ یمی زوٗل سِگریٹاہ، شاید یہِ زانِتھ زِ اَمہ سِتی گژھہ غم وفٲیی۔۔۔

مگر سگریٹس داما داما دِوان تہٕ اوس گزریومُت وری تس زن تہٕ ویدِمان

سہ اوس تس گراوٕ گراو کران ۔

...... کہنی نہٕ نحوست لدِ درا کھ۔ میہ کیتھ جوریوے نہٕ کہنی۔ جون کس

رہ تس منز آے پہ پرموشنس واری، اَدٕ یک قلم کورتھن سہ بدبخت چوکس۔ تمی کرٕ

عدالتی کاروائی تہٕ میہ گیہ آہرکو کرٕہتی۔ تراوتہٕ پرموشن سینو تبدیلی ماپنز ۔

کانٕہ کوشش کٕرم۔ دٕپیوم ییمہ سیلہ منز نیرہٕ نبر، دِلو دُنی یا ہیو اتھ ییہ۔ راٹھر

صاب تہٕ چھ ہیانی سٹروت ہند تہٕ ہیانی گریڈک۔ اَدٕ چھتہٕ کوسہ سلطنت چھس ماتحت

گوڈٕنیے یوت کیا خطا کھالے۔ بہٕ مان تہٕ اَز لیتھے۔ بہٕ آسہا نہٕ تمہ دوہہ

ییمہ ووندمز رسٹروسہ بدلہ ہیہ کُن لوگمُت۔ زن دُنہس منز ییمہ وزائے ہیہ کہنی اوس۔

سگریٹ اوس ووٕنی اَندس ووتمُت تہٕ تمی ترووبٕٹ ایشٹرے منز۔ مگر اَسٕ نظر

مُسلسل دیوارس پیٹھ لگیتھ کیلنڈرس کُن ۔

...... کہنی نہٕ، کانہہ مُروتھا کرتھ نہٕ۔ نتہٕ وُچھتکھ ہیانی سیتی باج۔ ظفر

اوس میہ کلاس فیلو تہٕ سیکرٹیٹ بنیو و اسسٹنٹ۔ اَدٕ وُچھتہٕ کوت ووت۔

کوت اَتہٕ رسوخ چھس۔ سرد پتھرے یوت نہٕ گرم تیھرتہٕ بتو ون مکانہٕ۔ بیا کھ گوسہ

وانی، لیکچر بنیوو، ساری چھس پروفیسرونان۔ کانہ کیتھ آسہ ریڈر۔ نہ کام تہٕ

نہ ذمہ داری۔ اکھ کلاس تہٕ چھس نہ آسان، تہٕ کیا زٕ بانی پرنک زمانے مارُوو۔

پوٕنزرو پیہ رقماہ چھہ تنخاہ نوان۔ عمر چھیہ میہ گونس۔ نان گزٹیڈ آسِتھ تہٕ چھس ہیانہ

کھوتہ ژور گریڈ۔ دِیچھا پنن پنن ڈیکہ لون۔ میہ ژاوسنٹرل سٹروسہ ہندسرسان

کاڈین۔ ووٕنی چھیہ پرتھ وزٕ ہل ٹینک ڈر۔ ہرگاہ ہل آیہ ییتس مُلکس منز

کتہٕ ییہ آدم اَتھہ ۔ دَپھ ییتھ سٔروسہ منز تہٕ لیس پُورلیووتُمی کُری عاشی عاش ....۔

پنین حالاتن تہٕ ہم عصرن سٟتی یہ تقوبُل اوس جأری زکیلنڈرس نکھہٕ دیوارس بیہٕتھ لگتھ گرِ وُوے لو بجنک اَلارم۔ تمی کُدُو ووٹھ ہِش ..... اوہو نو وٕرِ یک گوڈنیک دوہہ تہٕ لوگ موکلنہ ۔ وۄنی چھا گوڈنکی دوہہ دفتر لیٹ واتُن گراو گراو گیہ پوٚز مگر اَتھ دفترس تہٕ چھہٕ پنُن فأیدٕ ۔ زیادٕ پرزھہ غأرنہٕ زیادٕ ذِمہ دأری نہٕ، گرچہ لوکچہ بجہ داہ کامہ چھہ اِنسان اَنزراوان ۔ اَدٕ ساپانا ووتھ تہٕ کرسکھ ۔ اَمہ پتہٕ لوٚگ سُہ دفترچ تیأری کرنہٕ ۔ یوٚتام گرٕنو وٕرِ یک بیا کھ گھنٹہٕ ختم سپدنک اعلان کوٚر سُہ اوس پلوٚ لاگتھ نیرنہٕ باپتھ تیار تہٕ سُہ لوٚگ اَلارم لُوزتھ وُتا ولی سان سٹاپس کُن قدم تراونہٕ ۔

سُہ یتھے سٹاپس پیٹھ ووت اَتہٕ اأس لُوکن ہُنز سٕخ بر ۔ بارے تہٕ گاڈٕ ہُندنہٕ کُنہ نیب نِشانے ۔ بَسہ پرارن والین منز آسی تَس سٟتی پروفیسر تہٕ عُمر تہٕ شامل۔ تمو ترلیشو یوے کوٚر اَکھ اَکس نو وٕرِ یک مُبارکباد تہٕ سٟتی بَسہ پرارنہٕ بجاے کوٚر کھ قدماقدمادِنک فأصلہ تہٕ لگی کتھا کتھا کرنہٕ ۔ عمر وو تہٕ تس کُن:

”ہے بابا یاژہے چھکھ افسر۔ ژیہہ گژھے ناگاڑی کھسنی آسنی ۔ از کل ہے چھہ کم کم ماروتین منز پھیران ۔ گوڈ ژیہہ چھنے بَس سو شبر اونس کُن ہو ووٚت کرُن کیا چھے ژیہہ یمن رو پین؟“ ۔

”عمر صاب پنٕنی پام کتھ چھو بنین دوان ۔ بیلہ بیأنی پأٹھو ذمہ دأری پننے پانے ترٕی فکر گرٕ کھٕی چھو ۔ پہ ٹھہٕ تہٕ بہٕ سِلہ منز ۔ تٔہندی پأٹھو ما چھیہ پانٕز ووے گنُوس منز ۔ اَکھ لوٚٹھاہ، چھو توٚہی سیکرٹیٹ وأل کران“ سُہ ووتھس طنزاَدر جواب“۔

"ہتا یارٕ کوٹلے کی دَلالی ییٚں چھٕو توٚہی مال کماوان ۔خراب حالاتَن ہُند

بُہانہٕ کُرِتھ سینٹرس لوُٹان ۔ گرِ بِہتے رِسک الاونَس تہٕ کُس کُس تام الاونس...

کاڈ کیتھ گژھیوٚ گریڈ رویژن ۔ اَسی کیا ساتہٕ ندی پأٹھی چھا افسر ماتحتی چھیہ

گَرٕنی پیوان"۔

عُمرن جواب بُوزِتھ اوس سُہ کیا ہتام وَنُن ہیوان زِ پرُوفیسرو اُنی لوٚگ

کلامہٕ کَرُنہٕ:

"کتھ سالو گوٚ توٚہیہ وَتہٕ بیٹھ اَکھ اَکِس اول وانگُن نوٚن گڈُن۔ دوٚ شوٚے

چھوٚ پننہٕ پننہٕ حسابہٕ رام نام کَس لوٚٹَس مَنز شأمِل ۔ توٚ تہٕ گوٚژھ نا اَکھ اَکِس رَٹھا

پَرٕدٕ رٹھُن ۔ اَز روُن گوٚژھ اَسہِ تہٕندیُن تہٕ کیا زِ اَسہِ ماسٹرن چھِہ گاوٕ ہُندی

پأٹھی گنڈِتھ گاسہٕ لوو"۔

پرُوفیسرن یِتھے پنُن پوٚٹ مَنزَس تراوُن ہیوٚت، بلکہٕ دوٚ شوٚے

دوست گیہ پارلیمانٹی حزب اختلافکی پأٹھی متحد ۔

"ہتا یارٕ توٚہی ماسٹر چھیٕو عیذ دوہہ زاہتی۔ خاص پأٹھی توٚہی کالج

ٹیچر۔ یوُ جی سی گریڈ ۔ مقررٕ وقتس بیٹھ پرموشن ۔ ہتہٕ بڈی BENIFITS ؟

سُہ گوٚ وَنان تہٕ عُمر گوٚ تائید کران ۔ تمی یِتھے کلامہٕ ترُوو، عُمر دوٚتھس:

"بیٹھہٕ ہَسانہ کام نہ کار، اَکھ اوڈ کلاس تہٕ بَس ۔ گرٕ ٹیوشن تہٕ عأیش"۔

مُشترکہ حملک جواب دِنہِ کوٚشش کران لوٚگ پرُوفیسر وَننہٕ ۔

"یہ سورُے اَستھ تہٕ اَسی لکیر کے فقیر۔ غریب ماسٹر۔ نہ سماجس مَنز رُتبہ

نہ انتظامیہس مَنز اَثر رسوُخ ۔ یِتھ گوٚ توٚہی دوٚ شوٚے حاکم ۔ توٚہیہ ہیوٚ بوچا کمو

کوٚرپہٕ مُلک تباہ۔ وُچھان چھو ناکم کم گھوٹالہٕ چھہٕ نُنی نیران:

ووٚنی آسنہِ تم مُنزِ لَس نکھہٕ وانہِ ہیٚمتی۔ اَوَے ژٹ ہٕمی پرٗوفیسر ہنز

کتھ تہٕ لوٗگ تَس پرٕ ژھنہِ:

"بوٗزم پرٗوفیسر تہٕ چھُہ حاکم ہٕنز سَنز کوٗشش کران اَزکل۔"

"اَوکیازِ نہٕ بہٕ آسہٕ ہا کرتام ڈپٹی سیکریٹری ہنیٗومُت۔ ہرگاہ یوٗنورسٹی

واٚلی دھوکہٕ دِہان یس سرٹیفکیٹ رَژھ اَکھ آسکھ دِنی زِ میانی تحقیقی کام چھیہٕ

پی ایچ ڈی یَس برابر۔ اَدگو ڈکوٚ رُکھ بیقرار۔ وونہِ بہٕ بہ ہُٕس ریڈر، انشااللہ۔

دپہٕ ورِی یا ورِی یا گووسان"۔

"خاٚر توٗہی تُلزِ ہوتھ بہم وو ٹھاہ"۔ پرٗوفیسر سُند استفسار وُچھتھ کُرمُو

ژھوپہٕ۔ پوز عمرو وُٹھس اعتماد سان۔

"بابا میہٕ چھہٕ پرلمنری پاس کوٚرمُت۔ کے اے ایس نَے مُلتوی گومُت

آسہ ہے۔ بہٕ آسہٕ ہا وُنی کنس ریوینیو یاٹیکزیشن محکمس منز عائش کران۔

خاٚرو ووٚ سید چھیہٕ ییتی ورِی یس منز اندِ مسلہٕ"۔

اُٹھی ہِستی واٚڈ تم لال چوک تہٕ اَکھ اَکس رو خصت ہیتھ گیہ پننس پننس

دفترس کُن روانہٕ۔

سُہ ییلہٕ دفتر ووت، کمرس نِش کھڑا چپراسی گرٕ ہس سلام تہٕ ہستی ووٚننس:

"نیا سال مبارک ہو"

سُہ ووٚتھس "SAME TO YOU MY BOY"۔

اَمہٕ پتہٕ بیوٚٹھ سُہ کرسی پیٹھ، میزس پیٹھ کاغذن دژن نوٚ ترتیب تہٕ مگنوومن

چلے کیا ۔ چاے داماہ چھوان لوٗگ سُہ وَتہٕ سپدی مُتس کلاسس سام ہینہٕ۔
لیکچر رواٚنی بنہٕ یہٕس ریڈر تہٕ پتہٕ گژھہٕ ایڈمنسٹریشنس مَنز ڈپٹی سیکریٹری
انڈکٹ ۔ عمر کرِ کے ایس اے تہٕ پتہٕ بنہٕ ریونیو اَفسر ۔ اَمایہ نوٚو وری تہٕ آسیا
میانہٕ خاطرِ منجو ہسے ۔ وَن تہٕ پوٗرِنامیہٕ کہنی ۔ نہ پرموشن تہٕ نہ چوٗائس پوسٹنگ ۔
نہ بہٕ تہٕ کرِ پرواز بہٕ تہٕ گَڈ پَرن واش ۔ پرموشن گژھہٕ تہٕ بہٕ گژھہٕ سٹیٹ گورنمنٹس
ڈیپوٹیشنس بیٹھ ۔۔۔ سُہ زَن تہٕ خیالَن مَنز سٹیٹ گورنمنٹک سٹھاہ باٲثر
اَفسر بنتھ گو ۔ عمر تہٕ پرُوفیسر دوٗ شوٗے زَن تہٕ تَس ہمکھنہٕ آے ۔ دوٗ شوٗنی ہُنز
فائلہٕ زَن تہٕ تَس کلیئر کرنہٕ آسہٕ تہٕ تم دوٗ شوٗے زَن تہٕ تَس سٹھاہ عاجزی کران
آسی ۔ سُہ اوس اَتھی عالمس زِ تَسُند[۲] AMMIDIATE BOSS ژاو تَسُندِس
کمرس مَنز ۔ سُہ زَن تہٕ گوٚمُر تھٕنُند ربداری تہٕ وُتاوٕلی سان وونُس :

"HAPPY NEW YEAR SIR"

"SAME TO YOU" باس ووتھُس وَرجواب "مگر ژٕ کیا اوٗری نتہٕ یوٗری ہیو ؟" ۔ "نہ جناب کہنہٕ نہٕ ٹھیک چھُس" ۔ "میٚہٕ ووٚپ خبر مابوٗزتھ"

"جناب کوٚسہ خبر"

"آپ کی پٹنہ ٹرانسفر ہو گئی ہے ۔"

"کیا جناب ؟"

تَسُند باس دراو کمرہٕ نیبر تہٕ سُہ لوٗگ کمرکس دیوارس ٲلگتھ نوِ وٕری کس کیلنڈرس کُن مُدے گُنڈِتھ وُچھنہٕ ۔۔۔!



# أنٛدرٕیُم ضرب

سوٗنتہٕ کاٗلک تاپھ اوس ۔ سُہ اوس آنگنَس مَنز مَنٛدہٕ نِین تاپھ دِوان زِ مُحلہٕ چہٕ مُشید پُرکھ بانٛگ ۔ تَسنز کوٗرشانوٗ تہٕ آس أتی گنٛدان ۔ تِمہ آسی سارٕی گنٛدٕن چیز تَگِہ لاگتھ تھاوِمٕتی ۔ لوٗ کُٹ بالٹین ۔ گنٛدِن کَپ ۔ لوٗکٕر ۔ مجمہٕ تہٕ ٹاے پسٹَل ۔ سوٗ آس اَڈٕلجہ زلوٗ پانَس سیتی وَنان "کام وٕلٕ وٕلٕ مہ کٕلاوِتھ گٕژھ بہٕ ڈِوٹی مَی ہُنٛد سکول نہٕ کیٛہنہٕ ، یَنٕن سکول ۔ اگر ہرتال اوس تیٚلہ گٕژھہ نہٕ کیٛہنہ ۔" پانٛژٕ وٕرِش شانوٗ چھیہٕ مُحلہٕ کِس اِنٛگلِش مِیڈیَم سکوٗلَس مَنز لوٗرکے جی یَس پَران ۔ تَسنٛد موٗل غُلام قادِر چھِہ پَبلِک ورکس ڈِپارٹمنٹس مَنز اوٗورسیٖر ۔ شانوٗ آس اَز سیٹھاہ خوش ۔ سوٗ یِتھے وَردی لاگِتھ مَی صُبحاے سکولہٕ خاطرٕ تیار گَرٕ تِتھے اوٚن اَخبار واکی اَخبار ۔ مالٕی دوٚپُس اَز چھے زیٛہہٕ سکوٗلہٕ چھُٹی ۔ ہرتال چھُے ۔ شانوٗ وَن تُجہ ووٚنہٕ جوراے ۔ پوٚز تَسنزِ مَی کھوٚت بَڈٕ شُرارتھ ۔ اَوکِنی نہٕ زَنِس اوس ہرتال گٕژھنہٕ کِنہٕ ڈِوٹی نہٕ ڈِنٛگ غم ۔ سوٗ آس ہرتال گٕژھنَس خوشے زَنِس میلہٕ گرَس مَنز روزُنٛگ

 

موقہٕ۔ پوٚزسو آس یتھٕہان زسرکٲری سکوٗل گژھی ہرتالہٕ سببہٕ بند روزنۍ مگر شانوٗن سکول گوٚژھ نہٕ بند گژھُن۔ شانو آس اَوکنہِ تہٕ خوش زِمی ڈیڈی دۄشوٕے روزن ازگری تہٕ آپرن تس پانٔے بتہٕ۔ تتہٕ آسی تم تمس صبحٲے تیار کٔرتھ سکوٗل تراوان تہٕ گُنہ گِنہ اوس تس سکولہٕ پتہ ہمسایَن ہُندِ روزُن پیوان۔ خوش گژھتھ آس شانو گرا پننِن چیزن گِندان، گرا ماجہ نقل کران تہٕ گرا سکولچ مِسہ۔ وٚنگو غلام قادرس اوس موڑ برٕ خراب۔ آنگنس منز تا پہ دِوان دِوان آسی تس تم دوہہٕ یاد پیوان ییلہِ سُہ سٹھاہ مزس منز اوس۔

شہر گامہٕ شورش ووتھنہٕ برونہہ اوس غلام قادر موٗلی اوور سیر آسِتھ تہٕ مہاراج۔ سُہ اوس نہٕ کانہہ ووھہ بنان ییمہِ دوہہٕ نہٕ زِ یار تہہ ٹھیکہ دار گرپتہٕ سلام کرہَن۔ سُلاہے پیٹھ تہٕ سلامانہ تہٕ اوس خاص آسان۔ اوور سیر اوس صاحبس تہٕ صاحبہٕ سندِس صاحبس یانے "ایس ای" صاحبس تام کُدلہ تار۔ اَوکنہٕ اوس سُہ سٹھاہ پاورفُل۔ کام الاٹ کرنہٕ پیٹھہٕ بِل واگزار کرنس تام سارِنے مرحلن منز اوس سُہ زبردس دسترس تھاوان۔ اگر سُہ سرِیہ منز آسہ تیلہِ اوس نیخ عالی شان ہوٹلس منز آسان تہٕ ووڈی ہر کانہہ جاپہ سائٹہٕ پیٹھ ییتلہِ اوس خاص اہتمام آسان کُنہِ خوجہ گرس منز۔ تمن دوہن اوس نہٕ تس گرواجنہ ہندر وٚنمُت پسند کھسان تہٕ نہٕ گرِ واجنی۔ یُس کم کاسہ وقت سُہ یمن دوٚہن گرِ گُزاران اوس تتھ منز آس یمن دوٚن بانڈن زِ کھہ زِ کھہ موٗل آسان۔ بلایہ آیہ وقتس۔ شورش ووتھوٗنے گوسا رسے ڈبہ ڈاس۔ دۄہ یہ لٹہِ نیو ڈکھ غلام قادر سائٹہٕ وچھنہٕ وِزِ اَغوا کٔرتھ تہٕ "ہرجانہٕ" بٔرتھ بچوٗن زرو۔

سَلامَے باژگیٚیہ نہٕ بند سَلامانہٕ تہٕ ۔ یُس دستخط کَرنس ساسہٕ وادوٗسی ہیوان

اوس سُہ اوس ووٚنی بلاکُنہِ معاوضہٕ کرُن پیوان ۔ غلام قادرس آس نہٕ

ووٚنی کامہِ ستی کانہہ دِلچسپی ۔ ووٚنی اوس سُہ خال خالے دفتر گژھان ۔

زیادہٕ ہین وقت گرِی گُزاران ۔ برونہہ اوس سُہ آشنہِ سیتی زِکھ زِکھ کران

ووٚنی چھُس مَنزٕ مَنزٕ سوکتھا کتھا نکھہ والان ۔ تَس آس ووٚنی تنخاہ رٹنچ

کل روزان تہٕ اَمی ووہہ اوس تَس دَفتر ، دفتر باسان تہٕ یَنُن یان اوٚور سیر ۔

ڈیو تنخاہ چھُہ تہٕ چھُنہٕ کینہہ ۔ ژور یا نژھ ساس آستھ تہٕ فقیرٕ ہنز

کیرٕ ژادر ۔ نوٚین حالاتَن منز ہیوٚک نہٕ غلام قادرن ژھ ن وُری بَن منز تہٕ محل

نُمامکانس دوٚیم پوٚہر ترٲوِتھ ۔ آشنہٕ ہند اِصرار باوجود ہیوٚک نہٕ سُہ کورِ کالونٹ

سکول سوٗزِتھ ۔ سُہ اوس اکثر دِیان روزان ۔ اَزا اوس سُہ زیادے دِیان ،

تمُی اوس اسٹنٹ صابس ستی مَشورٕ کرِتھ بیٚیہ کامہِ منز دلچسپی ہُند فاصلہٕ

کوٚرمُت ۔ تَس اَس کُنتھ فِکرِ ترمژ زِ نوٚین حالاتَن نوٚو پنژ ڈار ژنز وِتھ ہیکہ سُہ

بیٚیہ ووٚزلہ کِنہِ ژوٚپ کَڈِتھ ...... اَزا اوس تَس گوڈنچہِ لَٹہٕ دوٚیہ وُہرِ ساٹھٹ

بیٚٹھ گژھُن تہٕ اَسامی تہِ آس حقیقت پسند ۔

راتھ دفتر بینہ پتہٕ اوس سُہ گوڈنچہِ لَٹہٕ اطمنانہٕ سان ۔ سُہ اوس آشنہِ

سیتی پرانہٕ آیہ ہم کلام سپدِنہٕ لوٚگمُت تہٕ ازا اوس سُہ واریاہ کالٕ اَٹھہ بجہ

بُروٗنہہ ووٚنھمُت ۔ پوٚزٕ اَخبارٕ وٲلی یُتھے اَخبار اوٚن تہٕ معروف عسکری لیڈر

سٮ۪نزِ ہلاکژ پیٹھ ہَرتالٕچ خبر پٔرِتھ پیو غلام قادر زن تہِ اَسمانہٕ ۔ صبحہٕ پیٹھ

اوس سُہ اَتھی متعلق سوچان ۔ بانگہِ سٮ۪نز بانگ بوٗزِتھ دوٚپ تمی یازِ پانس

ستی:

"چھُن صَلاح اَتھہٕ ہُتھ چھُلتھ پَرٕ بہٕ نَماز اُیتھ یہ یَدأمنی دُور

گژھہِ"، مگر ستی پیوس خیال زِ رشیدِ واَلی آسہِ اُوتر اُترے چِندَس

وُگراِیہ آمتی۔ یَنٛن نیک اِرادٕ ترک کٔرِتھ کورٕ تمی چندٕ منٛز سگریٹ تہٕ

زولُن۔ سُہ اوس سگریٹس داما دَاما دِوان تہٕ شورِشہِ ہٕندِ امکانی

نیتیجَن مُتعلق سونٛچان۔ شانُو بیٹھو ہٕتھرِس یَڈٕ دِتھ۔ تمِس اوس یَنٛنُن ٹاے

پِسٹَل اَتھس منٛز۔ غلام قادرس کُن آے رٔٹتھ لِح سو وَننہٕ "ہُجُم، ہُجُم"

تَس کھوت سیٹھاہ خشم۔ تمی نیو شانوس پِسٹَل اَتھہٕ مُورتھ تہٕ گرٕنس کھنجہِ۔

شانوَن تُل شورشَر۔ مُوج دَرایس دانہٕ کُٹھہ تہٕ خانٛدارس پرٛوژھُن:

"اَمِس کیا رود؟"

"رُووُس کیا۔ میٔ کُن ہوونس۔ خبردار چھےٚ اگر اَمِس زانہہ

ٹاے پِسٹَل اوٛنتھ ــــ!

(اپریل ۱۹۹۳ء)



# نبٕہ گرٕن

گامچہ بَجہ سڑکہٕ وُتاوٕلی سان قدم تُلان اوس سُہ یَتہٕ کاٛسہٕ وٕنی دِوان ۔ سڑکہِ دُچھنی وَسوُن آر اوس اَز تہِ پرآنی پاٹھی گرزان ۔ وُڈرٕ پیٹھ اِستادٕ مکایہٕ فصل اوس نظرن فرحت بخشان ۔ پوٗزٕ تسندٕ ٹارٕن پیٹھ اوس اُشی بکہٕ دُور لِبنہٕ یوان .... تسندِ ڈہکچ دٕرہہٕ تہٕ آسہٕ ہاوان زِ تسندِ اوٗندرٕ چھہ اَز سیٹھاہ ہندریامُت ۔ یمہِ کنی تُسندِس تُھجس پیٹھ پٕریدٕ وُن اُسن اَز غاب اوس ۔

گامہٕ کِس ٹھرِدارتہٕ خوش پوش سُلہٕ جوُن بتہٕ اوس تس بار بار برٕ وٕنہٕ کُن یِوان تہٕ سُہ اوس تس سِتی پننس رفاقتس پھیر دِوان ۔ سُلہٕ جوٗ اوس پننہِ حسابہٕ جان خواندہٕ تہٕ گرِتہِ اوسُس جان آسُن بَسُن ۔ گامَس منٕزیم تہِ سرکاری اہلکار یا سیاسی پیٹھہٕ دَرہین تِم آسی سُلہٕ جوٗنے ڈیرٕ ترٕاوان ۔ سُلہٕ جوٗ اوس گامہٕ کین لُوکن منٕز تہِ سیٹھا مقبوُل ۔ کانٛسہٕ ہَے کُنہِ قسمُک لوٗت گوٗب آسہٕ ہے سُہ اوس یِرتھٕ اُکس اَکارٕ بکار یوان ــــ کانٛسہٕ ہرگا

 

آنَن ژدٕن ہُنز تنگی آسہٕ ہے سُلہ جُواوس نہٕ تَس مدد کرَنَس مَنز تہٕ کانہہ
پَس پیش کران ۔
ترٛیہ وُہری پتہٕ گام کُن قدم تُلان تُلان اوس تَس زَن تہٕ کانٛہہ
بَتہٕ سُہ وُوہہ یاد پیوان ییٚلہ تَس کالجہ طرفہٕ نمبر لوٗرس گرٕ ھیٚنٛچ وارواتِہ ۔
ییٚلہ ٹاکٹھی پانسہ دِنَس انکار کرے یوس سُہ گیٛو وُ سُلہٕ جُوس نِش تہٕ تَس ییٚلہ
پَنُن مَسلہ بالیوُن تمہٕ وَنیوس یہ گَیہ لوکٹ کتھ تہٕ دِژانَس پانژہ ہتھ روپیہ ۔
یہ اوس تَسُند سُلہٕ جُوس ستی گوڈنیُک لین دین ۔ اَمہ دوٚہہ پتہٕ ییٚلہ سُہ گام
اوس یِوان سُلہٕ جُوس اوس گرٕ گرٕ ژھیتھ ضرور سلام کران تہٕ سُہ اوسُس شہرٕ کین
تہٕ مُلکہٕ کین حالاتن متعلق کتھا باتھا پرٕ ژھان ۔ سُلہٕ جُوس اوس کُنی گوٚر
حَبہٕ ۔ ییٚلہ ییٚلہ سُہ شہر یتھ سُلہٕ جُوس سمکھنہٕ گرٕ ژھان اوس سُہ اوس حبس
ستی تہِ ضرور خار پاٹھ کران تہٕ تَس اوس دِلہٕ دُبراین گرایہ ہِش لگان ۔
حبہٕ تہِ اوس تَس وُچھتھ موصوٗم پاٹھو اسناترا وان تہٕ سُہ اوس وِسان ۔
کالجہ امتیازٕ سان ڈگری پراوِتھ ییٚلہ سُہ پرِنہٕ باپتھ یونورسٹی گواُتھ
مَنز تہِ تھایوٗ تَس سُلہٕ جُوَن اَتھہٕ بیٛٹھ تہٕ ماکی سُنٛد نہوَن کُن دِنہٕ باوجود
کوٚر تمی یونورسٹی جوین ۔
یونورسٹی یُوت بوڈ تالیم گاہ چھِ تہٕ تیوٗتے خوبصورت وِگنہٕ وَن ۔
پانہٕ خوب روٗ تہٕ اَدا پُرکشش آسنہٕ کِنی رُود سُہ دِلرُبا تہٕ حسین موٗرژَن ہُنٛدِ
توجہُک مرکز بَنان ۔ ییٚلہ زانہہ کانٛہہ تَس ژِرُھ کانسہ شخصیتٕ ستی رِشتہٕ وُسوار
سَیدٕن ہیوان اوس تہٕ تَس رُم رُم ڈیوٚل گرٕژھُن ہیوان اوس تس اوس

سُلہٕ جُو تہٕ حَبہٕ یادیہوان تہٕ سُہ اوس یُونورسٹی ہُندِ پُرکیف ماحولہٕ نیرِتھ گام واتِتھ پیہوان۔ یێتہٕ تَس جێنٛز موصوم اَدا دیدمان یِوان آسی ــــ ووٚنی یێلہٕ یێلہٕ سُہ گام یِوان اوس سُلہٕ جُو تہٕ حَبہٕ دوٚشوَے آسی تَس یَڑ کاڈِینٛگ شِکو کران تہٕ باسے نظرٕ بدلنُک اِلزام دِوان۔ دوہہٕ اَکہ یێلہٕ تَس ماجہ اِشارَن اِشارَن مَنٛز ووٚن زِ تَس ہُند رِشتہٕ کتھہٕ چھیٚہ یِوان تَمی لوٚز نوٚو سلیقہٕ سان فاصلہٕ زِ تالیم مکمل کٔرِتھ پاننا وِ سُہ حَبس۔

کیٚمے کال گٔژھِتھ میج تَس اَمریکہ چہ یُونورسٹی مَنٛز اعلیٰ تالیمہِ باپتھ فیلوٗشپ گژھ کھوعلاوٕ کوٚرس سُلہٕ جُوَن تہٕ اَمہ وِزِ مَرد۔ حَبس رو حصت ہیٚنہٕ وِزِ ووٚن تَمی تَس تلی ٹارٕ!

"سفر چھہ زیُوٹھ لوٚز پرارُن چھہ سہٹاہ میوٹھ"۔

تَمہ کَمہٕ ناو وُٹھ تہٕ سُہ سَیدٕ اطمنانہٕ سان روانہٕ۔

نیویارک کِس برق رفتار بازرِس منٛز کِکان پکان یێلہٕ سُہ زانہہ کاٹی پَننہٕ گامہٕ کِس وٕپرٕ وارٕس تہٕ وَسوٗنس آرِس ناد لایان اوس حَبہٕ نہٕ جِسمُک اَنگ انگ تہٕ تہندِ رن خوبصورت تہٕ ساوٕیلون ہُند رنگ اوس پانَس بُرونہہ کَنہٕ لبان تہٕ تہندِ جِسمِچ خوشبو موحسوس کٔرِتھ ووٚلسنس پتھ کُنہٕ کاشرٕ باتُک مصرٕ گیٚنٛگراوان۔ نیم عریان انگریزنہٕ حبشی زنانن ہُندِس جمہ گٹس منٛز آس تَس حبہٕ اَکھ گاشرٕ منارٕ باسان۔ کَلس سیوٚد گنڈ کٔریتھ وَجہ ہَن۔ کُنن زِ موچتہٕ پھَلی ہی دُور، ہیرِ لوٚن سادٕ فراک بیزار۔ تَس اوس دِل ووتلان تہٕ بڈان زِ فیلوشِپ ہُندی ترٕہ وٕری کرواتن اَنٛد۔

وُنہٕ اوس تس نٕز فِلوشِپہ ہُند وۄہیہ وٕرِی چَلان زِ تَس لٕج خبر زِ کٔشیر مَنٛز آیہ حالاتن خوش یوٚ ژ تبدیلی۔ لُوکھ گٔیہ یَک جاہ تہٕ کٔرکھ اِستحصٲلی حاکمن تہٕ حکمرٲنی خلاف بغاوت۔ نوجوان بنیہ یَکہٕ ژٔ ٹِی پونپر تہٕ ہتھیار ہٮ۪ند سَید تھ لٔگی صالح نظام قٲیِم کرنہٕ باپتھ جد وجہد کرنہِ۔ سُہ یٮ۪لہِ چھیٹھہ مَنٛز یاکُنہِ اَخبارن مَنٛز یمن حالاتن متعلق پَران اوس تس اوس دِل بنیہ قرار سٮ۪دان زِگر واپَس یِتھ وُچھہ ہے سُہ اَنہِ گٔیہ بیدار گرٛتھ وُنہِ پَننہ سماجی تہٕ سیٲسی زِندگی ہُند بَدلیومُت منظر۔ سُہ اوس ژہ تران زِ یوٚہنہٕ ماگہٕ سوٚر دگہ تَل روٗتہٕ گٔمتی اَرمانن چھِن ووٚنی آفتاب چہ پَراوٕ واتنہٕ ہیٚر شٔر۔

تہٕ سُہ دُوہہ اوس سیٹھاہ وآنا کھ۔ تَمہِ دوہہ باسیو تَس زَن تہٕ پیو آفتاب وُسی تہٕ تارکھ ہاتے یہ یٮ۪لہ تمی چھیٹھہ مَنٛز پوٚز زِ سُلہ جو سَیدُ مارِ...

نامولوم بندوق بردار و کوٹُسہ نادِتھ تہٕ گولیو سیتی تھوٚو ہس پَرٛین کٔرِتھ۔ تَنہٕ اوس تَس دِل سیٹھاہ ودآسمی۔

اَز یٮ۪لہ سُہ تریہہ وٕرِی گژِھتھ واپَس گرُ کُن پکان اوس یَتھ کانٛگ اَکھ اَکھ منظر اوس تَس پھِری پھِری یِوان۔ پوٚز سُہ اوس وُنہِ تہٕ وُتاولی سان پکان۔ سُہ اوس جَلد جَلد وآتتھ حَبس دِلاسہ دِین یژھان۔ تس اوس یقین زِسُلہ جُوٗنہ ہلاک کٔرِتھ پتہٕ یُس اَسِن تہندین وُٹھن پیٹھ غآب گومُت چھُہ سُہ اَنہِ تَتھ واپَس۔ گامس نزدیکھ وآتتھ آسِ تہندِ دِلچ دُبرائے زِیادے تیز بہ گَجر۔ وُنہٕ اوس سُہ دُور زِ تمی بوٗزِ وُنوٕ ہُنُج آواز۔ گام چہ زنانہٕ آسہ دُرِی گنڈتھ کس تام وُنہ ناوان۔

یَتھ کاٚلؠ وَنوُن بُوزِتھ کھوجیہِ زَن تہٕ تَس بوٚ کہٕ۔ تَس زَن تہٕ دٲری گُنڈِتھ زنانہٕ وَنہٕ ناوان آسہٕ تہٕ سُہ اوس مہرازٕ بٔنِتھ حَبس کُن پکان۔ حَبُن مہرِ نہِ موٚکھ دیدمان ژٕٹِتھ آسی تَسنٛدی بُربکہٕ اَرمان ووٚنی گرٛہکہ گٔر کھ کران۔ وَنہٕ وُن واجنین نَزدیکھ واتہٕ وُن کوٚرکُمی تاٚم ہم عمر نوجوانن تَس ستی نالہٕ موٚت۔ اَمہِ پتہٕ لُج تَس اوٚشِس وَدرا ے، اَما پوٚز اُشی ٹارپوشِ وُس بَڈہِ ہٹہِ اُسنانپرِتھ......!



# آلوَ

یِتھے بہٕ تَنھ ژُ وٕنِس بیٹھ ووٗتُس، روٗہٕلی وَہراوِ پکھہٕ۔

"بہٕ چھسے پَراران، وَنگوژھارنہٕ وَرآے یِمے نہٕ اَتھہ"۔

مِیہٕ گو تِمی سُند نام آلو کنَن ۔ تَس اَس آواز بہٕ گرتہٕ اَوے گو نہٕ مِیہٕ کانہہ اَثر ۔ برونٛزا گو تہٕ گٹہٕ پھٹے یہٕ ۔ میہٕ گو بیٛیہٕ آلو کنَن ۔ یہٕ زَن تہٕ اوس موٗدُر آلو یِیٛمی مِیہٕ دِلس تَھپھہ ژُہٕنی ۔ مِیانٛی قدم وُتھی پانٛی پانے اُتھی طرفَس کُن ۔ یِیٛلہ بہٕ تَس نِش ووٗتُس، مِیہٕ وُچھی تَس زرٕی جامہٕ نالٕی تہٕ خال اوسُس عانٛ تہٕ غانٛ یِری ہٕنِد ہیٛو ۔ تَسُند پرِیہٕ وُن روٗے وُچھتھے پیٛو مِیہٕ تِمی سُند سُہ میوٗٹھ تہٕ موٗدُر آلو یاد یِیٛمی بہٕ مُہتھ نیوٗمُت اوسُس ۔ سِتی پیٛو مِیہٕ سُہ بِگُر آلو تہٕ یاد ۔ تَس آسہے شکل تہٕ بٕے وارٕ بہٕ اوسُس پانٛی پانَس سِتی یی سونچان زِ تِمہٕ پرُوژھ !

"ژٕ کیا سونچان، یی نازِ ژھکھ سو نَدر"

"ژٕ تہٕ کیا اکم چھکھ ؟"

تَمہٕ وون درجواب ۔ تمۍ سُندِ یہٕ کلامہٕ بُوزتھ آس نہٕ وونۍ میانۍ پوٗری نہٕ زمینس پیٹھ پیوان ۔ ہمدم تہٕ ہم قدم سَپدِتھ گٔڈی اَسہِ کینہہ قدم ۔ واریاہس کالس کرِ کتھہٕ ۔ کتھِہ کتھہِ منز لٔجی سو پرژھہِ ہشہ وَننہ ۔ آخر وونُن مےٚ ہاو ذات، مےٚ دوٚپ یہٕ چھیےٚ مخولہٕ کران ۔ پوٚز تَمہِ دوٚپ ژٕ چھکھ ترٔڑ تہٕ اُتھی ستیٚ گیہٕ غآب ۔

روٗتل اوس ووٚنۍ وارٕے نِکھہٕ وہرآوِتھ ۔ اَتھ وآناکھ وَتِہ پیٹھ اوس مےٚ کُنۍ زوٚن آسنک احساس بییےٚ ہَن ژھراوان ۔ اُتھی منز گو بییےٚ آلو ۔ آواز آس تیز خوشبوٗنۍ زٕ بییےٚ موٚش سورُے تہٕ دُراس اُوری کُن ۔ سو تہٕ آس سٹھاہ مآری منز ۔ چٔشمہٕ آسس آبِ حیات ۔ تَس کُن نظر پیٚوانے پھیر مےٚ شہلتھ ہش. سو آیہٕ مےٚ برونہہ کُن تہٕ لٔج ہیوٗٹھ تہٕ موٚدر کلامہٕ کرنہٕ ۔ پوٚز بہٕ اوسُس سٹھاہ تھونمُت ۔ ۔ ۔ ۔ تھکاوٕ گٔڈتھ لوٚگُس بہٕ تَسنٛدِس کلامَس سام ہیٚنہٕ تہٕ جواب دِنہٕ ۔ اُسی میٚٹھیِ وارِہیٚس کالَس کتھن تہٕ لٔگی کتھہِ کتھہ منز گِنڈنہٕ ۔

مےٚ وٕون " اوٚگُس بہٕ کُس "؟

تَمہٕ وٕون " تیلہٕ وَن ژٕ کُس" ؟

مےٚ دوٚپ " یہٕ گو گینڈُن "؛

تَمہٕ دوٚپ " ژٕ چھکھ ترٔڑ "؛ تہٕ سو تہٕ گیہٕ غآب ۔

ووٚنۍ اوس روٗتل جلالس منز ۔ ۔ ۔ ۔ ژٕ وہ اپارٕ سے اوس شِہی شِہی ہیوٗ گرژھان پوٚز ورِیٚٹھی اوس نہٕ کھینہٕ گرژھان ۔ ۔ ۔ ۔ کُن زوٚن آسنک خوف اوس مےٚ نِلواس ژُلان زٕ بییےٚ گو آلو ۔ تَس آس آواز شٔٹھیر تہٕ سٹھاہ بٔ گرہش باسان ۔

دِمہٕ نابہٕ نظرتہٕ وُچھَن ــــ مگر ــ اگر مگر ــــ نہٕ کھہنۍ تہٕ بہٕ وَراس تورُکن

ییپأری پہٕ بب گُرٕ آنُو گٔرٛھان اوس ـــــــ

تَس کُن نظرٕ پیولٕنے لٔج ہیٚہ خُونَس گریکھ ۔ بُتھِس دِژٕنَم ووشہٕلنۍ کھار

دأرِتھ تہٕ اوٚشِس لٔجم دار ـــــــ

سوٗ اأس شاہ گنزران ـــــــ !

# میٚٹرٕہٹرٕ ماے

چُونی اوس اَز صُبحہٕ پیٚٹھے گبراٹھ ہیُو باسان۔ سو آس وۄتلان تہٕ بڈان۔ یُتھے شُری صُبحس گرٕ دراییہ تیتھے لجہ تَس کھوورِ اَچھِ ووٹہٕ جورا۔ تَتہٕ پیٚٹھہٕ رُوز تَس یہِ اَچھِ مُسلسل فوران۔ سو آس مَنزٕ دیوارَس لاگتھ کَرِ کُن نَظر دِوان تہٕ گرادرواز َس کُن۔ دو یہِ لَٹہٕ دِرٲیہ سو وارِ مَنز گرٕ ھنہٕ بایتھ مگر ٹُو نگر اَتھس کینہٕ تِلتھ ترُوون بیٚیہ یتھر۔ مَتہِ ریتہٕ کالہِ اوس گامس مَنز کانہہ چار۔ زیادٕ یہٕن مرد آسی بَرٕ مَنزٕ نِن کھَہس مَنز۔ سکول گرٕ ھہٕ وُنی شُری آسی سکول۔ مُلازم آسی ڈِوٹی تہٕ گرٕ آسہٕ صِرف زنانہٕ تہٕ لوکٕٹِ شُرِ۔ چُونی آس نہٕ اَز گوڈنچہ لَٹہٕ کُنہٕ زٕنی۔ تَس آس ووٚنی دوہَس کُنی زُنی روزنچ ہال گاہٕ رٕ۔ کُنی زُنی آسُنک خوف اوس نہٕ تَس زانہہ سَتاوان مگر زانہِ دِے اَز کیازِ گو تس دِل وۄد آسی۔

چُونی اوس اَکِہ پَتہٕ اَکھ خیالِ بَدوو تھان۔ اَما پیٚلی آشیا شہر ٹھیک۔ پاٹھۍ واتہٕ زٕ مَنز وَتِہ ماگیہ کُنہٕ فائرنگ۔ اَما بیہ تہٕ ووٚنتھ دوٚیہ دوٚہی کالج ــ

جبر جوٗمی والیٖن آسیا خارٕ ہے ۔ پرنس لُجس بلایہ تس ماچھم بخیلن بیٖیہ زُو
ناساز ۔ اوتر اوترے اوسُس ماجہ شوشھہ ٹائیفایڈ ۔ پانہ چھاپے تمس ما
آسہ کینہہ گڑبڑ ۔ ییٖتہ چھییہ ییٖر گریشمہ کرائے ۔ تنج چھنہ کنھے ۔ راتھے آسی
ریڈیو بیٹھہ ونان زگریشمہ ژنجہ سیتی مودی ژور نفر ۔ کیاہ گوم ! کیاہ گوم !
یُتھ نہ میانہِ شوشھہ کینہہ کیٛتھ آسہ ۔ چُونی آس برابر اُچھی نوران تہ تسند
تلواس اوس رژھہ کھوتہ رژھہ ہران ۔ تس کوٗر دِلن زِسو کرِ عظیم بٹ نہ
راجس آلو ۔ پوٗز بیٖیہ بدلوٗن اپراد ۔ چُونی آس یژھان زسو ژھنہِ ہے باکھ
یا ژٕ ہے پانس پلو ۔ پوٗز سونچان آس زِ ہمسایہ کیا ونن ۔ تس لُجی اوشس
دار تہ ہم دوھہ پیٛیس یا دییلہ سو اُر تہ بُرتہ خوشحال گرِچ خاندارنی آس ۔
یہ چھییہ اوتر اوتر تیٖح کتھ، تسند خاندار موتی لال اوس ہیٖر گامچہ ڈسپنسری
منز کمپونڈر ۔ پرنس اوسُس کہے کال بروٗنہہ سٹیٹ بنکس منز نوکٕرٕ ۔ پپلی تہ
آس کتھ تام فیکٹری منز نوکری لجمژ ۔ گو لاب آس گرلز کالجہ پران تہ بیہ ماگام چہ
ہائر سکنڈری منز ۔ ییٛن زمین زراعتھ آسی یم پانے کماوان ۔ کھاہ کام آس چُونی
زیادہ ہیٛن پانے کران ۔ موتی لال اوس خاطر شر وزِ پرتھ اکس بکار لوان ۔
گامہ منز ہر گاکانہہ سلہ ژیری بلہ ہے ڈلہ ہے ۔ سہ اوس نہ موتی لالس نصف
راتھ تلتھ انس وارے کران تہ نہ اوس موتی لال تہ تمی سند شری زانہہ وارے کران ۔
پرنسہ اوس نوکری لگنہ بروٗنہہ محلہ کین سارنے شرن ژھٹین منز مفت پرناوان تہ
ڈولی بیٹھ بیٛچ اوس سہ توتہ دوٛن ترن سائنس پرناوان ۔ گامہ والی آسی نہ کُنہ
مامِلس منز موتی لال نین ہیٛون گُنتر اوان تہ مرنس زہ بِنس یا خاندرس کھوندرس

مَنزٲس موتی لالنہٕ یاقین ہٕندی پانٛژھ شٲمِل آسان ۔ خاصے آسہ گامُک کانٛہہ
مہراز یَس نہٕ چوٗنی اِسبندزولمُت آسہِ تہٕ شیرِین ھچمژ آسہ ۔ خاصے آسہ گامِچ کانٛہہ
کوٗریٚ ہِندِس خاندرٕ وزِ پٲراوس پٮ۪لی شٲمِل آسہ نہٕ گامُژ ۔ موتی لالس یاتمُ
سُندِین شُریِن باسیوو نہٕ زانٛہہ زِتم چھہ گامَس مَنز کُنُے بَٹہٕ گرٕ ۔ چوٗنی ٲس
ووٚنی اَندری سَنٛزکران زِ پٮ۪لی تہٕ پرِنسہٕ خاندرُک کیا کرِ سو اہتمام ۔ تَس چھہ گامی
گامَس سٟتی ورتاو ۔ تَس بیٚیہِ الگ الگ ۔ وازہِ وان کرُن ۔ یِمہٕ نے دوٚہَن آسہ
خاندرکِس سِلسِلس مَنز واریاہ ٹھکنہٕ واتان ۔ موتی لالَن کوٚڈ یِمہٕ نے دوٚہَن یَنِن
جی پی فَنڈُ مُکانَس تُروُون ووٚیم پوٚہرتہٕ بیٚیہِ بنووُن آنگنس مَنز شاندار کچن یُتھ
شُریِن کَتھ گنڈٕ نہٕ وِزِ جایہِ ہنز کانٛہہ تنگی روزِ نہٕ ۔ ہَردکالہٕ کین دوٚہَن مَنز وَژھہ تارٕ
برٛیٚہہ ۔ شہر گام ووٚتھ شورٕ شَر ۔ ہتھیار بَند نوجوانو ییہِ ہمُم سرکارَس خلاف شروع
کرُمُژ ٲس سو تیزِ یہِ ۔ سرکارٕ طرفہٕ گئیہ زبردَس جوٲبی کاروٲیی شروع ۔۔ عمل تہٕ
ردِ عمُلُک یہِ سِلسِلہٕ چلیوو تیُوتاہ تیز زِ فِکری تورٕ نہٕ کینٛہہ ۔ اُتھی مَنز آیہِ پرٛتھ طرفہٕ
خبر زِ بَٹہٕ چھہ کشیر ترٲوِتھ ژلان ۔ راتھ درٛایہِ زِ ہتھ گرٕ ، روتِلہ تہٕ اَز صبحٲے
درٛایہِ پنٛژاہ ۔ ہیرِ گامہٕ کِس شمبھو ناتھنہٕ تہٕ ژٕلی ۔ موتی لالَس تہٕ پرِنسَس وسہ رییہِ
زنگہ ۔ تِمَن تہٕ ہیوٗت تلواس ووٚتھن یِمَن اوس نہٕ فِکرِ تران زِ پرٛژھِ تہٕ اعتماد کُ
دُمرَن ہٕندی کٕدل کتھہٕ کنہٕ آوسے یہِ یُوتاہ جَلد ۔ یِمہٕ نے دوٚہَن ووٚن موتی لالَن
اکِہ دوہہ چوٗنی روتِلہ ......
" میون ہٮ۪ے مانٛگہ سارِ ہیے لیتھ دِتھ ژلو اَسہِ تہٕ بچاوو زُو "
کتھ واٲژ پرِنسَس تام ۔ تَس اوس کیا ہتام گوڑے کَنن گوُمُت ۔ تمہٕ دوٚپ زِ اتھ

کیا چھُہ سوچُن ۔ وُنگو چونی آپہ نہٕ برابری سو وُژھہ موتی لالَس زِ جوان کورِ ہیتھ

تراوٕنہٕ بہٕ گرٕ۔ میٚیہ ہیَن سیٚتی وُمر گُڈ بہٕ مَرِتہ تِمہٕ نے مَنز۔ کیتھ وآژ گورِن پیٹھ۔

تِمو کوٚر ماجہِ سیٚتی اِتفاق ۔ چارونا چار دوٚپ موتی لالَن زِ وُنی چھُہ بہتر یِیٚتی روزُن

پوز دویمہِ دوہہ ووٚن تَس رحمان وأنی تہٕ رحیم کولن :

"بابا ژیہہ سیٚتی چھُہ وُمرِ ہنٛد لِحاظہٕ، مگر حالاتھ چھِہ خراب ۔ کر کیا سپد

کَس چھُہ مولُوم ؟"

موتی لالَس اوس رحمانِنس نیتَس پیٹھ شکھے ۔ تہٕ کیا زِ کِمے کال برونہہ

اوس تِمہ تَس وونمُت :

"پنڈتا، میون ہے مانکھ، لونہٕ کھاہ ژھنکھ کُنتھ ۔ شُری تہٕ لگی نوکری ۔

تِم کتہِ روزن یِیٚتہِ ۔"

موتی لالَن اوس اَتھ اِنکار کوٚر مُت، پوٚز تَس اوس فِکر تِران زِ رحمانَس

چھِیٚہ تَنہٕ پیٹھے تِمی سنز بھوشان ۔ وُنگو رحم کوہلَس ہیٚو ایماندار نفر وَنہٕ نہٕ

ہُرومُرو کتھ ۔ کیا ہتام گرٛبڑ چھُہ ضرور ۔ ہیٚر گامہٕ کِس شمبھو ناتھُن کاکاجی یُس ٹیلی

فونَس منز اوس مورکھ اوترے ۔ موتی لالَس ژاو زبردس بیٚہ تہٕ دویمہِ دوہہ

صبحائے دَراو پرنسہٕ ہیتھ تہٕ ووت جوٚم ۔

تِمَن گیہ وونی الہٕ پلہٕ تریہہ وُری دَرامِتس ۔ گوڈ گوڈ اوس نہٕ ہر ہر

گامتہِ اَمہٕ گرٕکین باژن یا نہٕ وأنی کانہہ رأبطہٕ، پتہ توٚر گامک موٚتدم احد بٹ

جوٚم تہٕ سمکھیو موتی لالَس ۔ خبر اَتِر تہٕ اَتہ پتہ اوٚنُن ۔ پتہ گو چونی علاقہٕکس ایریا

کمانڈرس نِش تہٕ دیا نوونَس تحریری اِجازتھ جوٚم تِرنَس تہٕ اُکِس رتہَس مَنز واپَس یِنَس

چوٗنی ٹرٗلوٗ کٕٹ ہش گوٗر ہیتھ جوٗم۔ موتی لالَس آیہ تہٕ پرٛژھتھ وُچھتھ۔ جیٚمہ روزنس

دوران ووٗن موتی لالَن بیٚیہ چوٗنی :

کٲشُر ہے ڈزسانہٕ باپتھ، نہٕ چھِہ تتھ مکانس کانہہ حسرت نہٕ زمینس۔ تتہٕ

بہتھ کتہٕ ژھانڈکھ کور ہن کیُتھ وَر۔ وولہٕ ووذہ بہمو ییتی۔ بی یو کُھن پکوہٕ واتہٕ۔"

پوٗز چوٗنی آس نہٕ جیٚمہِ کِس ماحولس ستی زٕژھتہٕ برابری۔ تٔمہٕ دوٗپ

کورِ روزنی نیتھ روٗستے مگر نیٚنس مرس ییٚٹھ۔

ہمن ترِین ساڑن ترِین وُرِین دَوران گوٚو چوٗنی اَتھ فاصلس پیٚٹھ زانہہ

تہٕ ندامتک احساس۔ سو آس وُنہٕ تہٕ وَنان زِ موتی لال دَراو پانے بزدل مگر اَز چھِہ

خبر کیاز تس تلواس وۄتھان۔ سو آس یمہٕ نہٕ گوتن زٕ ٹیکسی ہارن گیہ۔ سو وُٹھ

ڈُلہٕ وُلہٕ نہٕ دزن دارِ کنِ نظر۔ تٔمہٕ وُچھ پیٚلی دوٗرِ دوران پکان۔ سو باٗنبرے یہٕ

زیادے تہٕ وُٹھ دوان دَوان لوٗن۔ اوٚت نام آس پیٚلی آنگنس منٛز واژمُت۔

مأج وُچھتھے زٕ ژ تس وَدن کرکھ نیرتھ۔"ممی! جیٚمہ ییٚٹھ آو فون۔ پاپہٕ چھہٕ سخ بیمار۔"

چُوتی رُٹ پیٚلی نالہٕ متہٕ۔ تس گیہ اوٚش چھِہ پیٚہ جارَی۔ ہیٚتس کانس آے ہمسایہ یموداریہ

بند کرِ۔ کنہ رچہٕ عبلی وانہٕ زینن۔ دوٚشوے ماجہ کور واژ ٹیکسی نش۔ چوٗنی ییہ یاد زِ جوٗم

نیر نہٕ ہُبر ونہہ گژھہ ایر یا کمانڈرس خبر گرٕھنی۔ پوٗز تہٕ ستی یاسیوٚ تس زَن تہٕ موتی لال

وقتِ آخرس آلو چھِہ کران۔" چوٗنی وُنہٕ تہٕ منٛٹھے ناتیہہ اَمہ میٚنز ہنز مائے۔" چوٗنی

کُھر اوٚش ہاران ٹیکسی تہٕ وُٹھ ڈرائیورس کُن :

" وو ستابلا یہ لگے اَسہ واتناو کنہ یا ٹھی جَل جَل جوٗم......!"

# شوٗدکتھ

کوکرن یِتھے بانگ دِژ اَمہٕ شوٗدَن دِیت لَرِ بھیرِ ناتہٕ لوٗگ سوچنہٕ زِ بہاری مِلٹری اَفسر چھُہ ٹوٗری سینٹر واتناوُن۔ بہتر گوٗ سُلی ووٗتھن تہٕ تَس سامانہٕ بیتَر تُلنَس مَنز مدد دِین۔ خوش ہیٚے گوٗ ژوٗرُے پہن دِیہ۔ یِی سوٗچان سوٗچان زَن تہٕ سُہ سار جن ہیتھ ٹوٗری سینٹر ووت تہٕ آٹو مَنز وَسوٗنے اَفسَرَن پِلہ توٗوس سٔبز کُرٕ کرُون ہُتین۔ اُتھی سٟتی دِیت تمیٚ بیٚیہ لَرِ بھیرُن تہٕ شوٗنگتھ آشنہٕ دِژُن لوٗتی نَرِ سٟتی زیر۔ تمِ بیٚلہ زانہہ کانٛہ صُبحس ژٕیر تام نیٚندر ہیوان آس اَمہٕ اوس تَس اِتھے کَنہٕ نَرِ سٟتی زیر دِوان تہٕ سوٗ آس مَنز چھہ ہُژوتاوِلی سان تھوٗد ووتھان۔ پوٗ زوٗنہِ آس کوکرن گوڈنچی بانگ وِژمُژ اَوَے گیٖیہ نہٕ تَس الگزارتہِ۔ اَمن دِیت بیٚیہ لَرِ بھیرِ ناتہٕ تام ہیٚرکھ مُشید بانگ۔ سُہ گویاشا کُرِتھ تھوٗد وُتھِتھ نہٕ ووتھان ووتھان دِیتِن زَنہِ زورِ دَکہٕ ہیٚیوٗ ——

بِستٕر مَنٛزٕ نیٚبر تہٕ رٕٹن جچیر ۔ زور زور ہٕ گُڈنَس وام پٲنٛشہ ۔ داما داما دِوان
گوٚزنانہٕ کُن وَنان ــ " ہٕہ گیٚہ شرم دار زنانہٕ اَلگیہ یِہ سُلہٕ وُتھتھ دسگیرس
یٲری چھیٚہ مَنگان تہٕ وُژھہ وُژھہ کامہ ژوٚر اَنٛز راوان" ۔

اَمہ وَراوٕ نیٚبر ۔ زَل مَل کٔرِتھ چھوٚلُن اَتھہ بُتھ تہٕ کمرس مَنٛز اَژِتھ
پَرِن نِماز رِکعژ جوراہ ۔ آشینیٚ وُچھن بسترٕ مَنٛز دراہ اَو کینٛہ گوٚخو شِہ ۔
اَمس آسہِ نہٕ نِماز پَرنَس زِیادہٕ ہال کینٛہہ وَنٛگو اَستانَن تہٕ متین ہُنٛز آسِس
دُرَہ پٔرژھ ۔ گیون وانن یہیرن گیٚہ تہندی کنیٚ بُڈ ہیش عباد تھ ۔

اَمہ ژاوٕ نِماز پٔرِتھ کچنَس مَنٛز ۔ آشنہِ آسِس چاے تیار کٔرمژ ۔ تمیٚ
چھو دَوان دَوان چاۓ پیالہٕ تہٕ لَدِن آنگنَس مَنٛز اِستادِ آلُوس لَتھ تہٕ دراو
تَتھ ہمسایہِ کرکُن بیٚتہ نَس ملٹری اَفسر تُلُن اوس ۔

اَمہ اوس نہٕ ہیٚشہ کینٛہ آلُو ڈرایوریلی کہ اوس یہ تَس مامہ سُند آلُو ۔ آلو چلاوان
وول تٔسُند بوٚے اوس ارژہ کال بھونگہ تہٕ گرکین اوس نہٕ کہنی ہاوان ـ
اَوَے کینٛہ گوٚو تمی آلو اَمس حوالہٕ ۔ سُہ اوس اَکِس سرکاری دفترس مَنٛز چپڑاسی ۔
دَفتر اوس سُہ اَرژہ کال تہٕ کالہٕ واس مانہٕ لِوان ۔ پوز گرِ چلاونَس واتہِ ہلس نہٕ
کانہہ ۔ سُہ اوس صبحن کاہَن بجن نام تہٕ شامَن ژورِ بِیتہٕ آلو چلاوان ۔
مانن تام رٕ پیٚہ ہیتھ شینٛہ واتناوٕ نہٕ علاوٕ اوس سُہ یانہٕ تہٕ ہیٚنٛز اہ شیٹھ زوٚر
وَٹانیے ۔ اَمس آسِس ساڈی ینیٚ پاٹھی جان ساتن تھ ہیمکن ترآہِژ ۔ بائے پاس
نَز دیکھ دُپو ہٕر مکانہٕ تہٕ زمینہٕ کناڑ اَکھ ڈوڈ ۔ جان آمدنی آسنہٕ کینٛہ اوس
اَمُن گرٕ اَکھ آسُن لبُن وول گرٕ ۔ وَنٛگو تَس اوس اَکے زر ۔ شمُن زر ۔ شمہ

آس اُمس کاتسہٕ کُنڈ بێنہِ ۔

مأجہ تہندی اوس لو کچار سے منز اُمس تہٕ شمس خاندر کورمُت ۔ پۆز تس ہٕنزٕ مرنہٕ پتہ ییلہ اُمہٕ پانہٕ نوکری لوٗگ تہٕ گرٕک خانہٕ دار بنیوو تس آیہ نہٕ خاندارنہٕ سۭتی برابری ۔ کوٗرٕ زِتھ دِتِن تس موکہ جار تہٕ پانہٕ کوٗرُن مس ملہٕ ہمسایہ محلہ چہ ٹانگہ والین ہنز کورِ سۭتی کھاندر ۔ اُمیک چھُنہٕ تس کانہہ غم ۔ پۆز سُہ چھُہ شمنہٕ غمن اندری اندری ژٹتھ ترووُمت ۔

مأجہ اوس شمس باہ وُہرِشی عقلی میرنس نیچوِس سۭتی خاندر کورمُت ۔ عقلی میر اوس گامُک ناوٕدار تہٕ آسن وول موہنیو ۔ پۆز اوس سێدٕ بازرٕ ۔ تس آس شمہٕ خوش گرٕ ڈھان تہٕ اُنی گرٕ ۔ مگر تس پۆژنہٕ مُلکی موت زیادٕ کالس ۔

مقلس سۭتی مود شمُن مول تہٕ ۔ مقلنہِ من شرہن لج کتہٕ تام ہمبے کُن وتھ ۔ پھیرٕ اکھ ہٕ زٕ گاگھ سێود تہٕ ہێتھ بدلے ییکھ ۔ شمُن خاندار زن تہٕ گودلوانہٕ ۔ سہ لوٗگ شمس صُبحس تہٕ شامس ہێتھ رٹنہٕ تہٕ شکس لد مالنہن ہنزٕ پانہٕ دِنہٕ ۔ تنگ ییتھ آیہٕ شمہٕ بائیس نش ۔ واریاہس کالس ییلہ نہٕ وارو لو ناوٕ تہٕ ہیوٗ تس امن لوگ نکھ پنج ۔ بێنج لوٗگ علی حاجنہٕ ۔ علی حاج اوس محلُک سارِوے کھوتہٕ گُزارٕ وول تہٕ تھرٕ دار مرٕ دیادُم ۔ محلہٕ والین ہنز چھہ واریاہ ونان زِ سہ چھُہ وقتُک حاتم ۔ واریاہن ییتیم کورِن چھُہ تمی پننی دیار لاگتھ خاندر کورمُت ۔ پۆز واریہن چھنہٕ یہ کتھ ہێٹہٕ وسان ۔ تہند گُف اوس زِ علی حاج دیہ نہٕ یمس تہٕ ییتھ زُوو ۔ ونگو تمی چھہ کینہہ نفر پالتھ تھوی متی یم تہندس ونس ہێڈھ کینہہ نہٕ کرِتھ ہێکن ۔

برسرِ پنچاٹ ژھوٗن مقلی میرٕ نیچوی شمس پھرتھ پھسرن ناکل ۔ تمی وون

زِشمہٕ چھِیہٕ تَس یِتہٕ ژُور ژھیپہ پھدی رنگہٕ روٗٹس ستی ژھالہٕ ماران تہٕ تَس
چھنہٕ یژھہ زنانہٕ بکار شمن تہٕ اَمن کرٕ قسم قرآن، پۆز شمُن خانٛدار گونہٕ قٲیِل۔
اَمس آیہ رَب۔ لدنہٕ تہٕ وَدان وۄتھ علی حاجِس۔
"حاجی صابا"، کور مول چھکھ ژٕ تہٕ۔ تو بکی دروازٕ ماگیہِ بند۔ پیٚتیم ہرگا
کانہہ سہو خطا آسہ تہٕ تتھ گیٖہ مأنی"۔
اَجہ منگہِ لۆپ تھاوِتھ علی حاج وۄتھس خشمہٕ سان۔
"ژٕ ما چھکھ ساد۔ اَکھ شریف تہٕ ناودار گرِ کتھہٕ ژٕ رناوِ یژھہ ہیش نوش"۔
یتھہٕ کنہٕ دِتکھ شمس موکلار۔ اَمس گو تَنہٕ اَندری دَم۔ تَس چھہٕ اَندری
تیلان۔ تیوٗت نہٕ شمہٕ نِس خانٛدارُن یُوت علی حاجُن تیلان چھُس۔ سُہ چھُہ تَنہٕ
دۄہے دسگیرس، دسگیری مَنگنہٕ علاوہ وُشمنس کرِ ژٕ تمنی کرِ ضوٗر ورمنگان۔
تَس ہے پوشن پانے آسہ ہے سُہ کرِ ہے شمنِس خانٛدارِس تہٕ علی حاجس مَشر
وَتہٕ کھش ——— !
اَمن ٹُل ملٹری اَفسریہ ڈُلِ زِتہٕ نیٚندرِ۔ پانے بۆرُن سوٗرے سامانہٕ
آلوٗس۔ لۆری سینٹرُ رکووُن بسہٕ نِش تہٕ سامانہٕ بۆن والنَس پلہٕ زِلیس۔
پۆز ملٹری اَفسرن ییٚلہٕ تَس سَنز بجایہ وہ زُل نوٹ پلہٕ نوۄ تَس کھوٗت بُڈٕ
شَرارتھ۔ پۆز اَندری شرۄ پرووُن تہٕ دَراو برونہہ کُن۔ برونہہ یہن بنیہ
تَس خانیار تام سوآری۔ خانیار واتِتھ تراوِ اَمن پانژھ روپیہ استانہٕ
نیاز ——— "دسگیرا سوز ہیتھ پونشہ از آتھوارِ دوہہٕ" ——— ییٚی وَنان وَنان دَراو
سُہ ڈیڈتابہٕ۔ دۄہلس اور یور کرِتھ تہٕ آیہ نہٕ اَمس خاص پوجھا کُل بل وٹن

ہیتھ ڈو ڈہیتھ۔ وارہیٚن سوارٕ ن سیتی گٔیٚس کتھ کتھ۔ سُہ اوس اَندری بہارٕی

ملٹری افسرس لیکھٕ ژاران زِ صبحٲے تُلم سُہ شکس لَد۔ تنگ یِتھ کھوٚت

اَمہٕ شامن بٹوورمامَن نِش۔ چاے چِتھ دراو ڈھیک شوٹایمس بیتھ ٹاکی

نِش دٔر اَسا آمیا بَنِہ۔ براڈوے واتہٕ وُنے وُچھ اَمن اکھ سیٹھاہ حسین گور

سٹرکہ پکان یس نز بَجہٕ بَجہٕ اَچھی تھَر تھَر نَس۔ رَسہٕ پھُلی وُٹھ تہٕ تَسُند مخملی

پوشاکھ اوس وَنان سو گژھہ بارسۃٕ آہنی۔ سو آس وارٕ وارٕ پُوری ترآوتھ

سُٹرکہ کُن پکان زِیورٕ گو اکھ خُوب رُو خوش خُو نوجوان ظاہر۔ کور دِژ اَمس کرٕ کھ

"آٹو" تَس کھٔر ژ وٲنِج ہیوٚر پہیٚن تہٕ سیتی وونُن پانَس سیتی" دسکہر کرنہٕ خٲلی

اَمہٕ لوٗگ تِمن شانکنہٕ۔ تِم آسی لوٗ تہٕ لوٗ نہٕ مایہٕ ہُرکتھہٕ کران۔ اَمَس باسیوٚ

دو شوٚے گرتھن بَڈٕ خاندٲنی آسنہٕ تہٕ اَکھ اَکس چھ یِرھان۔ "سٲنی زِ ڈِتہٕ

نیرٕ بکھ" کور لوٗ اَسان اَسان نوجوانَس مایہٕ ہوٚت تھٔیرٕ ہیوٚ تہٕ سُہ نوجوان

دراو اوٗری کُن۔ گوٗرنِ آٹوس کُن پکنہٕ۔ سُہ اوس آٹوس کھسنس تیار زِسکوٹرس

پیٹھ سوار بیاکھ نوجوانا گو ظاہر۔ سُہ تہٕ لوٗگ کور سیتی کتھہٕ کرنہٕ۔ پوٚز اَمس باسیوٚ

زِ کیا ہتام گڑبڑ چھُہ۔ سُہ نوجوان دراو رٔشی ...... کرِتھ واپس۔ پوٚز آٹو ڈرائیورس

وونُن "خبردار"۔ اَمس آسی صرف اکھ روپے"

اَمس ووٚتلایہٕ بوٗزِتھ تلواس۔ پوٚز سو آس ودٕنی آٹوس منز بیٹھمٕژ۔

"وو ستاپکیوٗ۔ گوڈ کر کھ نہٕ ژھینہٕ۔ دِلِ ہیٚس رو پیو کری یاپاد،

ہیتھانِیہٕ تِن یورِ کُے۔" سو وُژھ اَسان اَسان اَمس کُن۔

کینہہ قدم پکِتھ وُژھ سو اَمس کُن۔

"ووستا جایہ رُژھا بنیہ ببہہ مہو" یہ بُوزِتھ وو شلیوو اَمہِ ۔ آس تہِ گوس خوشکھ ۔ نازلہِ وُرا آوپنیٖ پیش کش ۔۔۔ اَمس کُڈ نفسن ووٹھ ۔ اَندرِ سُو نچُن کھانِن نادفتر، تتہِ آسہ صرف چِرسی چُوکدر ۔ مگر تہِ ستی ووتلیوس خوف ہیو ۔ تام ووت سُہ چوکس منز تہِ خشمہِ تہِ باثہرسان ووٹن تس کُن :

" وُتھو وُبو "

تمہ گمہ نااوُوتھ تہِ اِسونہ موکھہ وونس " ووستاتو ہی نیرو سیوڈے پتہِ پھیر وکھوور کوچہ ۔ اسی وسو پنیٖ نس منز لس بیٹھ " اَمن کریو اِنکار مگر سو گیہ خشمگین تہِ وُژھِس ۔

" عجیب چھکھ ژ ۔ شاید چھے شاہِ پھوران "

اَمن دلیو گیر تہِ دراو تہند اِرشاد مطابق ۔ منز لس واتھ گیہ اَمس رُژھاحارانی ۔ یِیٚلہ تمیٖ سکوٹر سوار جوان کو چس منز اِستاد وُچھ ، تمیٖ ہاو کور اَندرکُن وَتھ تہِ آلوس دِژن تر ہہ رو پیہ ۔

راتہِ پہر گژھتھ یِیٚلہ اَمہِ گرِ ووت ، سُہ اوس ہے بنگہ ہیو گومت ۔

سو کور کو سِہ آسہ ........ تسندی گرکی کم آسن ........ سُہ سکوٹر سوار کیا وانہ تس ........ ؟ یتھی سوال آسی تس گتہ گیو رکران ۔ تس دراو بتہِ تہِ نستہ کنیٖ ۔ لر تراوِن پوٚز نیندرآیس نہ کینہہ ۔

رہنہ پچھ گژھتھ یِیٚلہ اَمہِ شود شامس زپری آلو ہیتھ گر دراو ۔ تمیٖ وُچھ اَتہِ دَرجنہِ واد گاڈ کوچس منز ۔ علی حاجنہِ اوس بڈ زول تہِ ۔ گر اَژتھ پروتھ تمیٖ شمس تہِ بینہ خاندارنہِ اکھ متعلق ، مولوم سپدس زِ علی حاجس اوس نچوس

خاندر۔ راجباغہٕ چھُکھ کمن تام بَڑ ہِن ٹھنوٚہن ہُندِ کورٕٹ۔ گاڈِ وادِ سامانہٕ ووٚتھ

گژھہٕ ۔۔۔۔! اَمس گوٚنڈُن یہِ بُوزِتھ زِیادے نار۔ علی حاجنہِ پَنٛچائِ ٹھ اَکھاکھ

کنھ پیئیس یاد۔ رآتِ راتس گیئس نہٕ اَچھو پیٹھ اَچھ۔ راتھ بے چینی منز گذارِتھ

پیئیس صبحس نیٚندرِ تہٕ ۹ بجے گوہُشیار۔ آٹوٚ ہیتھ آس نہٕ مُوڈ۔

کہہ بجہ باگ ییلہِ اَمہٕ دفتر دَراو۔ علی حاجُن مہراز، مہرہ ہنی آسی تہرِ

مُجہ ہیتھ سآدصابن گُن گژھان۔ اَمن تہِ تراوِس ہِنی نظراہ۔ سُہ گو

زن تہٕ رُہیتھ۔ تمہ دوٚہہٕ آٹوس منزٕ سمکھیمِژ کور ہُند ناک نقشہٕ آوتس دِ زینٛھی مان،

سُہ گو وارے رُہیتھ۔ ییلہِ مہرہ ہنی مہرازٕ نظر وڈیس سُہ گو۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

زن تہِ خابہٕ منز بیدار۔ ییٚنے شوٚنکھ ژوٚلس نیرِتھ۔۔۔۔۔

"دستگیر، دستگیری، دشمنس ہمنی کَر"۔ تہٕ لوٚت لوٚت قدم تُلِتھ دراو سٹاپس

کُن۔۔۔۔۔۔!

(نومبر ۱۹۸۹ء)



# تصرُف

بہٕ تہٕ میون طوطہٕ آٗسی دوٚہہ دِہشکی پاٗٹھۍ کرَس مَنز کتھہٕ کران، یِیتہٕ وۄنی ہیٚو واریاہ کال اُکسے جایہِ بِہتھ دُنیاہ ترٛاوِتھ گوٚمُت اوس۔

خُدائے دِین ییمِس طوطس زِیٹھ وآٗنس۔ یِہ تہِ نَے آسِہ ہا بہٕ کوٗتاہ دَم پھُٹی آسہٕ ہا۔ خبَر اَز کیا ییمِس روٗوُمُت یہِ چھُہ اَز ووٚلہٕ دوٚلہٕ وَنان۔ خبَر کُس اَثر پیوٚس۔ یہ کیسایہِ وَنان؟''

"تُرٹھ پیہِہ تہٕ پنجرِ گرِژھہ چھَلِہ چھانگرِ۔ پَرن نیرِ واش"۔

یہ اوس طوطہٕ وَنان۔

ہَیو طوطا! نہ ژٕ پنجرَس مَنز، پَرن کس نیرِ واش۔ ژٕ کیا ووٚلہٕ دوٚلہٕ وَنان"۔ ہیٚہ پرٛوژھُس۔

" بہٕ چھُس پَز وَنان۔ اَز پییہِ ضوٚرور تُرٹھ"۔

" نہ ژے چھُنَے اَز خبر کیا ہوٗومُت۔ مزٗاری پیٚیٹھی ما اکھ؟"

ہیٚہ وۄنمَس ڈیکس دژِہ کھاٗلِتھ، تہٕ سُہ رُود توتہِ تی وَنان۔۔۔۔۔۔

طوطہٕ سِنٛز کتھہٕ بوزتھ ہیوٚتُن مےٚ خبر کیاز ِکھوژُن ییٚن۔

"ہرگاہ ترٛٹھ پییہٕ جانہٕ مرگ کیتہٕ گژھن۔ مےٚ کیا توتہٕ۔ مکانہٕ گژھن تبا۔ مےٚ چھا چینٛٹ ۔ یِتھ نہٕ یورُن آے کرِ بس...."

طوطہٕ اوس توتہٕ سوٕ ے کتھ وَنان۔ مےٚ کھوٚت اَہنزِ متی گی ہیٚچھ سنٛز شرارت۔

"لوٗگ ظاہر باطن وَنہٕ۔ زُہرا اوس چرسہٕ ہیٚنجہ کنہِ درامُت"۔

مےٚ توٚر نہٕ فکرِ ز طوطہٕ سِنٛز کتھہٕ ہیٚچھ کیاز اوس مےٚ سیوٚد سادٕ زَنانہِ ہٕندی پأٹھی پرٛژھ بہان۔

میانین نظرن سیٚد سیوٚد اوس اکھ لوٚڈ شیشہ یَتھ منٛز پتُن بُتھ وُچھنُس مےٚ واریاہ کال گو۔ گوڈٕ گوڈٕ اوسُس بہٕ نیرِوُن اَتھہِ شیشس روخصتھ ہیوان تہٕ ییہٕ وزِ اَتھی گوڈٕ سلام کران۔ مگر تمہٕ دوہہٕ ترٛوٚو مےٚ یہ شیشہٕ وُچھُن ییلہِ مےٚ تَس سیتی لڑٲے گیہ۔

سوٕ آس نہٕ لڑٲے۔ سوٕ آس غلط فہمی۔ نہٕ تیتہٕ آس نہٕ۔ تمہٕ ووٚن کیٚباہ تام تہٕ مےٚ آو اُسُن۔ سوٕ کتھ آسا اَسنی لایق کنہٕ مےٚ آو بَلکہٕ اَسُن تہٕ چھم نہٕ یاد۔ تمہٕ دوٚپ۔

"ژٕ نےٚ ژٕ ٹھ۔ مےٚ لُسنہٕ۔ ژٕ چھکھ کم ذات"

مےٚ دوٚپ یہ تہٕ بہٕ ہےٚنےٚ دوٚہےٚ اَسان تہٕ گنٛدان آسی۔ اَز کیازِ کھوٚت اَمِس نَشہٕ۔ یہ چھیہٕ کمی تام چاوٕ مژٕ تہٕ اَسہٕ ترٛاوٕ کتھ کرِنی۔ پَتہٕ آس سوٕ میانین یارن کیو دُشمنن برٛوٚنہہٕ کنہٕ گو ترہٕ ہٕندی پأٹھی لولان۔

مِیہٕ اوس نار گنڈان تہٕ دَیان اوسُس وارٕ ثِل لاگہٕ۔

مگر مَن اوسم نہٕ پٔژان۔ تِمو پلناوِ واریاہ پھیرٕ اَکِس بیٚیس کُن لاگِتھ کَتھہٕ، مگر مِیہٕ دِیُت نہٕ جواب۔ مِیہٕ سوٗنچ یہِ گوٚیلی کرُن گوٚ نہٕ ہُند یقرار۔ کُنہٕ کُنہِ اوس مِیہٕ اَندری جیرٕ یوان تہٕ اوسُس تَس بیٚیس کُن لاگِتھ کتھہٕ پلناوان۔ سوٚ تہِ ما آسِ لوکچہٕ ماجہٕ ہِنٛز۔ تِمہٕ آسہٕ سوٗنچمُت زِ یہِ گوٚپان خطاوار کرُن۔ بہٕ تہِ اوسُس وونی کُنہِ کُنہٕ تَس خلاف خبر کیا کیا وَنان تہٕ سوٚ تہِ آسِ نہٕ کینہہ پرٕ تھاوان۔ سوٚ وُچھتھ آسِ مِیہٕ شہلتھ ضوٗروٗر یوان مگر بہٕ اوسُس باسِ یِیٔ دِوان زِ سوٚ چھیہٕ مِیہٕ دوٚن اَچھن کھران تہٕ سوٚ تہٕ آسِ پتھے باسِ دِیُن یژھان۔ مِیہٕ اوس ارمان زِ سمکھونا اَسی زٕ ے شاید کرٕ ہوٚکتھ۔ مگر تِنہٕ آسِ نہٕ سوٚ زَنہہ تہِ کُنی زٕ لی آسان۔ سوٚ آسِ تَس سیٖتی یِس کھور ییتھ کُن آسان۔ سُہ گوٚ تصرُف دار۔۔۔ ییلہِ تہِ بوٚ تَس سیٖتی وُچھان، مِیہٕ اوس بُتھِس رَنگ ڈلان۔ تِمہٕ دوٚہہ ییلہِ مِیہٕ تِم دوٚ شوٚے یکجا وُچھی تہٕ بہٕ گرٕ آس، مِیہٕ اوس بُتھِس رنگ ڈوٗلمُت۔ بہٕ اوسُس یژھان زِ بہٕ وُچھہا پنُن بُتھ رنگس منٛز مگر یہِ شیٖشہٕ دراو بدٕ خراب۔ تِنہٕ ییلہِ تہِ مِیہٕ اَتھ منٛز پنُن رنگ وُچھ، ڈوٗلمُت باسیوم۔۔۔۔۔ اَوے ووت مِیہٕ واریا کال اَتھ منٛز بُتھ تہٕ وُچھنَس۔ یہِ اوسا آنس خطا، تصرُف دارس، کُنہٕ کس؟ یہٕ نوٗر نہٕ مِیہٕ وُنہِ تہِ نکرِہ زِ سوٚ کیا زٕ آسِ نہٕ مِیاَنی پاٹھی تصرُف دارس کھوژان مِیہٕ وَنیوٚ واریاہن زِ تَس وُنی توٚ یہِ چھُہ تصرف دار، مگر تِموکری مِیہٕ کھنگالہٕ تہٕ وونکھ زِ یَس ژٕ تصرف اوٚ دَنان جھکہ مُچھِ تہٕ ۔۔۔ دوتا مِیہٕ تہٕ آو تِمن

سِتنَے تہٕ کتھ کرِ ٕنۍ ۔ تِم ساری گِیہ مےٚیہ خلاف تہٕ ترووٗکھ شوشہٕ زِمیانہٕ بتھیٚک رنگ تبدیل گرٕنہٕ ھنٛک چھُہ وجہ !

کُھلک تہٕ لاگ دار بیماری !

مےٚیہ آوٕ کانٛسہ سۄمکھنس ٹھاکھ کرنہٕ ۔ یہٕ اوس سورُے اپُز مگر لکہٕ موٗت گو اَنہِ گوٹ ۔ مےٚیہ ترووٕ پتہٕ سورُے تہٕ بہٕ ترووُس سارِوے ۔ صرف رُودیہِ طوطہ مےٚیہ سےتۍ ۔ مگر اَز چھُہ یہِ تہٕ مےٚیہ کھوژناوان ۔ زٕہرا بڑی ہنس کن ۔

دَپان تَرٹھ بیٚیہ ۔ اَے خوفہٕ پیوٚ مےٚیہ سورُے یاد ۔ نتہٕ اوس مےٚیہ ووٚنۍ موٚشمُت ۔



خدایا یُیتھ نہٕ یوٗری کُن آے کرہنس ۔ مےٚیہ ژٕحی کریکھ نیرِتھ مگر طوطہٕ اوس وَنان " تَس چھُہ مو کھ یوٗری کُن " ۔ مےٚیہ کرٕ ٕنۍ یہِ بوٗزِتھ تَھرٕ ۔ کُنٛنے ترٹاکھ گو ۔ زَن آو آسمان زٕمینہٕ پیٹھ لاینہٕ ۔

سو آس مےٚیہ برُونہہ کنہِ زٕھرٕ ہٕ زٕھر ہٕ کران ۔ بہٕ ووتھس تھوٗد تہٕ وُچھم زِتَس آس کمۍ تام زٕہریلہٕ جانوَرَن ٹوٗپھ دِژمٕژ ۔ مےٚیہ کوٚر تَس گنڈ یُتھ نہٕ زٕہر کھہلس ۔

مےٚیہ آو طوطہٕ سٔنزِ ہتی گی پیٹھ پوٗرٕ یقین یُیلہِ تمۍ کیاہ تام مانٛتھر پٔرِ تَس آیہٕ اچھ مۄژراونہٕ تہٕ لُج اَسنہٕ ۔

مگر مےٚیہ لُج اوٚشِس دار !

( ستمبر ۱۹۸۲ء )

# وبداکھ

اَخبارس نَظراِدوان دِوان کھوّت مِیہٕ بُتھس ووشلُن ۔ ویسے آسہٕ اَتھ منٛز کانہہ غارمومولی خبرا ۔ ووہٕ ہدشکِ پاٹھۍ اوس لاشہٕ اُنبارُک تصویر ۔ اَکھ صفہٕ اوس پوٗرٕ پوٗرٕ زوٗرِ تہٕ ترٛجہہ مہٕ کہو اِشتہار وٕستیٚ برتھ ۔ بیٚنیہٕ آسی مُختلف تنظیمن ہُندی بَیانہٕ درجن ڈوہ ڈاہ تہٕ چھپے مَتی ۔ پوٗز اَز جان گامِتس اَکس نفرِ سُند تصویرتہٕ اَتھ ستی چھپے مژ عبارتھ پرِنھ گیہ مِیہٕ دِلہ دُبرائے تیز ۔

" موصوف اوس اَکھ باصلاحیتھ نوجوان ، ترہن نافہم شُرہن ہُند مول ۔ دوٚلیو کورلوٗ پتہٕ اوسُس پتِمے ہفتہٕ نیٚچوٗ زامُت ۔ بازراوس درامُت ، آشنہٕ ہُندِ آیک سامانہٕ ہینہٕ زِ گرینیڈ دھماکہٕ پتہٕ آو فائرِنگہٕ ہُندِس زدس منٛز ۔ "

اَخبار ژج عبارتھ پرِنہٕ پتہٕ پتھے مِیہٕ اُچھی تُجہ ، میانِ نظر بیٚنیہٕ سیٚدِ سیوٗد بَنڈس پیٹھ بیٚننس شِہن دوٚہن ہُندِس نوزائیدس کُن ۔ زَن تمی چشمہٕ مِیہٕ کُن تُجہ تہٕ تُلی بار وونُن ۔

" پاپاپُیتھ نامیہٕ تاوٕن ژھنکھ ۔ ژیہہ ہے بہٕ کوٚنچھتھس تہٕ کیازِ ؟"
بہٕ اوٚسُس تَس کُن مُدٕرے گُنڈِتھ زِمیا نہٕ اُچھو منٛز ووٚتھ اوٚش۔
نِکس لَرِ ہتھ مِیانہٕ آشنہِ بیلہ میہٕ کُن نظر پییہٕ تِمہ گٕڈ ووٚٹھ ہِش۔
" ژیہہ کیاہ رووٚے ۔ خارٕے چھُیہ ؟"
مِیہ کھول اوٚش ہیوٚر تہٕ کِتھ ڈالان ووٚنمُ تَس،
" ووٚنی کرِتھاوکھ ژٕ آب "
" وَپان اُسِس آتھوارِ دوہہٕ تھاوٕ" تِمہ ووٚن جواب ۔
" بازرٕ ماچھُہ کینہہ اَنُن " میہٕ پرٛژھ مَس ۔
" نہ ۔ اوورٕ ماچھہ حالات ٹھیک ۔ میہٕ چھُہ بٲے لاَس وُنمُت
سُہ اَنہِ گامہٕ سوٚ نہٕ جُوس نِشہٕ "۔
اَخباراوس مِیہٕ برٛونہہ کُنہِ تہٕ بیٚلہ مِیہ بیٚیہٕ اَتھ پیٹھ نظر پییہٕ
مِیہ ووتھ وارٕے تلواس ۔ زَنتہٕ اَخبارس مَنزاوس مِیانہِ تصویر ٕسان لیکھتھ۔
" موصوف اوس اَکھ صالح تہٕ ذہین نوجوان ۔ سُہ اوس اَکھ جان
قلمکار یَس صحافتی تہٕ ثقافتی حلقن منٛز پنُن اکھ الگ مقام اوس ۔ تَسنٛدِ
قتلس گژھہ غار جانبدار تحقیقات کرنہٕ یُن "۔
بہٕ اوٚسُس یمنٕے گوٚتن زٕ آشنی وُژھم ۔
" ووٚتھ' تو تہٕ دِمیہٕ بیٚن اَنتھ ۔ لوسہٕ گاسُک چھُہ سوٚ کھٕے "۔
زِیوٚٹھ ووٚ شاتر آوِتھ ووٚتھس بہٕ کاکرٕ کٕڈان تھوٚد تہٕ دَراس بازرٕ کُن۔
بہٕ اوٚسُس وُنہٕ اَڈٕ وَتی زِمیہٕ وُچھ تُو کھُ دَوان تہٕ دوران ۔ اُکس نفرس

کوٚرُم سوال؟

کیٛ حض ویٖپل چھیٖہ"؟

تمۍ وۄنٛ "سڑکہِ پیٹھ چھیٖہ بارودی سُرنگ تھاوِتھ۔ جان گوٚژُن۔"

بہ ہِنہِ لوٗگُس واپس پھیرِتھ ژٕلنہِ۔ دۄان دوان اوس میٚہ اُچھن ویدٕ مان

اَخبارِ پوان یَیتھ پیٹھ زٕنتہِ مِیانہِ تصویرِ سان یہِ عبارت لیکھتھ آس۔

"موصوف اوس اَکھ سیٹھا باصلاحیتھ نوجوان۔ بارودی سُرنگ

پھٹنہٕ پتہٕ کوٚر مشتعل فوجی اہلکارو سڑکہِ پیٹھ گوٗلی لاٚگِتھ ہلاک۔۔۔۔ خُدایہٕ

کرِنس مغفرت۔"

اَخبارس منٛز چھپیومُت اِشتہار۔ شمن وۄہن ہُند نکہ۔ لوسہٕ اَشیٖنۍ۔

پانژہٕ وُہرِش نہٕ ترٛہٕ وُہرِش شانوٗنہِ جُگنو۔ یِم ساری آسی مےٚ ذٕہنس منٛز

وُنہِ بینیُن ژٕلان۔ خار اَوتوٚ وۄتُس بہٕ گرٕ۔ وٕڑس منٛز وۄہ پرکھوٗر بانہٕ تارِ وچھِتھ

گُڈ میٚہ وۄہ بٔڈ ہِش۔ باسیوٚم کم تام چھہ شاید چھکہ سیٹھی یوٗر لگمتی۔

پتھہ بہٕ اَندرِ ژاس، مِیہٕ وُچھ اَشیٖنۍ بڈٕ گابریمژٕ۔ تَس آس لیٖڈرِ

زُھیٹھ پھیرمژٕ۔ سۄ آس میٚہ موٗمژٕ وچشمو ہاوان۔ یٚیتہِ ژٕل نہٕ، پوٗز میٚہ

توٗرِ نہٕ فکرِ۔ بہٕ ژاس دوٚیمس کمرس منٛز یٚیتہِ تریشوٚے وۄہ پرٛ نوجوان بِہتھ

آسی۔ تِہندی خولہِ خط آسی پلنے باوان زِتِم چھہ ہتھیار بند۔ میٚہ بٕروٚزٕ

تِمن تِہند تشریف آوری ہُند مقصد۔ تِمو وۄنٛ زِ تِم چھہ اَکہِ جماژ ہُندی

کمانڈرن میٚہ نادو دنہٕ باپتھ سوزِمتی۔ سُہ چھُہ میٚہ سیٹھی مِیانہِ نوٚوِ پوسٹنگہِ

متعلق کتھ کرٕنۍ یژھان۔

مِیہٕ لگۍ وَسواس پھٹنہٕ زَن تہٕ پگاہ صُبحکس اخبارس مَنز مِیہ متعلق چھپیوٗمُت یہِ بیان ووٕنی مِیہٕ چشم وِیداوس ۔

" موصوف اوس مِلت دُشمنی مَنز ملوّث ۔ تِمو کری واریاہ اِنکشافات ۔ تَس آو موٗتُک سزا عالمن ہُندِ فتوٰی پتہٕ دِنہٕ ۔"

مِیہٕ ترووٕ بیٚیہ زیوٗٹھ ووٕش تہٕ اَمہِ پتہٕ ووٗنُم پنٕن نوجوانن ۔

" مِیہٕ چھُنہٕ تہٕندس کمانڈر صاٲبس سٟتی کتھ کرنس کانہہ حرج ۔ پوٚز کتھ گژھہِ شاٲیستگی ہُندین حدوٗدن اندر آسٕنۍ ۔"

تِمو دِیُت یقین زِ تہٕندِ زِیٹھ کرِ مِیہٕ سٟتی فقط کتھ بہٕ واتہٕ گرِ کھنیجہ مَنز پنٕن گرٕ واپس ـــ

مِیہ وُچھِت آشنہٕ ولاسہٕ ، نوزاٲدٕس کوٗرُم ماہ ، کورِ آسہٕ سکول گٔمژٕ ، اَو کِنۍ سپنز بیرٕنس مَنز آساٚنی ۔ تِم دَرایہ بُروٗنہہ بُروٗنہہ تہٕ بہٕ دَراس پتہٕ پتہٕ ..... دوٗر پہٕمبھ واتِتھ بیٚلہِ تِمو مِیہٕ اَچھن پٔٹ گنڈ ، مِیہ باسیوٚ ژوٕ اپاسے اَنہٕ گوٚٹ گژھان ۔ اَنہٕ گٹہِ کِس اَتھ عالمس مَنز اوس مِیہ گرٕ اینٕنہٕ بچہٕ ماجہِ ہُند وُدن گٕنن گژھان گرٕ انو زاٲدٕ سٕنز وُدن چکہٕ ، گرٕ الوسہٕ آشنہٕ ہُندی وِدٲکھ ...... موصوم کورِ ہُند " پاپا " ۔ اکِس خلوکھہ مگر وٲناکھ جایہِ واتناوِتھ لگۍ مِیہٕ نفر پوٗنشہِ لَتو تہٕ لورٕ لوٕ سٟتی مارنہٕ ۔

مِیہٕ کرٕ دَوان دَوان صفاٲیی دِنٕچ کوٗشش زِ میاٲنی پوسٹنگ چھیہٕ اَکھ موٗموٗلی دفتری کارروٲیی تہٕ اَتھ مَنز چھُنہٕ کانہہ غداری ۔

پوٚز تِم گٔیہ لایان تہٕ مارٕنچ دھمکی دِوان ۔ تہٕندِ لایہٕ سٟتی ییٚلہِ مِیہٕ

چکر ہیوٗ آو، میہ منٛجی تمن ترِیش ۔ ترِیش چیتھ یتھے میہ دَم سنبھول، میہ
اوس ژرٕ پا سے گٹہ زوٗل باسان ۔ گٹہٕ زلہ کِس اتھ عالمس منز آسی زن
تہٕ میانٕ گوبوٕ ستی پرِیُن گاٹر لاش ورٕی یاوس منزٕ سیر وسان ۔ میہ وچھ لاش
لاش ئج بوٗٹھ ۔ لوٗکہٕ ارصاتھ گو جمع ۔ پوٗلیس آو، لاش نیٔکھ قبضس منز ۔
لوٗکن پرٛوژھکھ ۔ کمیٚ تام کٔر شناخت ۔ لاش آیہ گرٕ واتناونہٕ ۔ شیٚن دوہن ہندی
نوٗزٕ آنٛدرن تِجہ اُچھ ۔ اسناٗ تُر ووٗن ۔ لوسہٕ ژجی کریکھ نیرتھ ۔ ہمسائی بایہ آیہ پان
ژٹان ۔ آنگنس گوٗنڈکھ تجیر ۔ لوٗکھ آسی اکھ اکِس ستی محوِ کلام ۔

" دَپان ہمسایہ اوس مِلّت فروش "

اکھ نفر ووٗتھ بیٚیس نفرس کُن ۔

" میہ چھہ باسان ژ کہٕ اوس غریب گرُک شریف لڑکہٕ ۔ تمہ ژمہ گالِتھ پوٗرُن
تہٕ بنیوو گزٹیڈ افسر ۔ میانٕ کنی عداوتھ ..... خدایہ گوس تہٕ گوس لاوجوانی "

" خبر انشورنس آسِہا ۔

" ہا پونس چھنہٕ کیہہٕ ۔ پونسہٕ دِیس سرکار تہٕ خبر زنانہٕ ماونس سرکاری
نوکری ۔ دَپھ بچہ چھس خام "

بہٕ اوسُس زن یہ سورے حال وچھان زٕ لکی جوانن گڈ میہ لنھاہ تہٕ تجن
میانین اچھن پیٹھ پٹ، امہ پتہٕ ووٗتھ ۔

" کیسٹ بنوو اسہ، وونٕی کرن سانی عالِم فاصلہٕ، واجب القتل
چھکھ کنہٕ نہٕ "

میہ کوٗر امِس جوانس درخاس زِ میہ دِنِیٛ سہ اتھہ بتھ چھلنہٕ تہٕ

تہٕ پانٔے پانَس جنازٕ پرِتھ تھاوُنگ اِجازت ۔ بنان چھُہ عالم سٕندِس فتوٕہَس مَنز ما آسہِ جنازٕ پرنَس ممانعت تہِ شامِل تہٕ موت مابَنہِ اکھ بوڈ عذاب ۔

واریاہَن دوٚہن فاد تھاونہٕ پتہٕ ییلہِ بہٕ تموٚ بیٚلہٕ ترووُس مِیہٕ باسیوٚ وَزن تہِ بہٕ مُرِتھ زِندہٕ گوس ۔ بہٕ ییلہِ گرٕ ووٚتُس مِیہٕ وُچھ اَندرٕ نِبرٕ اَسی ساری زَن تہٕ آنگنَس تعزیہِ وارو سِتی بَرِتھ ۔ تِم آسی مِیانہِ لاشہِ پَراران مِیہٕ زِندہٕ وُچھِتھ گُڈ تموٚ ووٚڈہِ ہِش تہٕ بہٕ روٚٹھس نالہٕ مَتہِ ۔

( اگست ۱۹۹۳ء )



# خوٗدایہٕ سَہل

"مِیانہِ خوٗدایہٕ سَہل"
بےٚ شوٗنکھی پاٹھی ژۄل تَس بُروتھہ کنہِ ہٕنٛچِس پیٹھ ہِتھ ریشِ سَفید
بُڈہٕ چاچِس نیبرتھ۔ یہِ بُوزی تھے دِژ تمی گرِکُن نظر۔ تَس آسی وۄنی زہٕ گاٮ۪نٹہٕ
اَتھہٕ پھِرنا وماحوس مَنٛز اِستادٕ رُوزِتھ گٔمتۍ۔
"ژٕ ہُرتہِ بجے یہِ۔ خدایا سَہل کر۔"
تمۍ تہِ وۄنۍ اَمی اَنمانہٕ دِژٕن ژٕتھ۔
"یہِ خوٗداصاحب تہِ وُچھنہٕ اَزتام کانٛسہ۔ کم ازکم مےٚ تہٕ میانہ نوزآنۍ
کارۄ مَنٛز نہٕ کانٛسہ۔ اَماتو تہٕ تہنٛز بیٚر سٕتھ۔"
سُہ اوس پی سوٗنچان زِ واڈ منٛز درٛایہِ ڈاکٹر صاب باقے وارِہٕن مَردن
تہٕ زَنانن سَان زیٹھر آو تمۍ تہٕ گردَن تہٕ لوٗگ تَس بِہِ ڈ نمبر اَرداکِس بیمارِس
متعلق پرٛژھنہِ۔ ڈاکٹرِ آس جلدی تمِہ وۄن نہٕ کانٛسہ کینٛہہ تہٕ سارِے
ترۄوٗ وۄنۍ شِکلہٕ ترۄو کھ لبوٚن گٔن۔ یِم بٕنٛچہ پیٹھہٕ وُتھی مٕتی آسی تم تہِ بیٚٹھی پتھر

واڈ ہنز آسہٕ تہٕ پُترٕ ہن لجہ مرٕن زنانَن ہُنز کرِکہٕ صاف بوزنہٕ یوان۔ مُنزِ
اوس ژاشرٕ سُند وُدُن کنن گژھان۔ اما زِیادٕ ہن اوس آے تہٕ واَیہِ ہک
گرزٕ۔ تُلہٕ تاجہ ہُندِس اتھ عالمس منز تہٕ آسہٕ کینہہ زنانہٕ ہیانہٕ خدایوٗ وٕنِتھ
غأبی سایس ناولایان۔ یُننہٕ آشنہٕ ہٕلیمنز خبر بوزنہٕ باپتھ اوس نہٕ ہٕیے یوت
اَہِن در عذاب۔ تَسنز موج تہٕ ھہرتِہ آسہ امی اَمانہٕ اُتی ہٕے فکرِ گیر۔ تمن تہٕ
آسہٕ اُچھی اندر رِکُنے دٕرِس لُگِتھ۔ باقین ہُندی پاٹھی کرے یہ تموٕ تہٕ اکہِ دوٕ یہ
پھِرِ واڈِکِس گیٹس پیٹھ اِستادٕ رُوزِتھ چیرِ اسِس بٕرٕ کرٕنتھ اندر اَژنٕچ
کوشش، اما پوز تمی دِژ کھ نہٕ وَتھ۔

سُہ اوس وُنہ تِہ اَوُچھ خدایس پیٹھ لُوکن ہُنز پرٕژھ ہُندِس مُسلسل
سٕنتھ زٕوٕدنس وٕنتھ ہیے۔ تمی وُچھ اکھ زنانہٕ تہٕ اکھ ڈاکٹر واڑٕ ہنز اتھہٕ
مُوران نیران۔ تمن پٕراران بُڈہ چاجس تہٕ ژٕجی کُنی چکھ ہِش نیرِتھ۔ دِپان
آسی بیڈ نمبر شُرہکی بیمارن دِیت گو لاب ہوِس لڑکس زاین دِتھے امانتھ۔
یہ منظر وُچھتھ گاٹِرِ یوٕ سُہ زِیادٕ ے۔ تَس کھوٗت وٕشلُن تہٕ اُچھو لجس وُڈس
کُن دَرِس۔ اُتھی سِتی دژا یہٕ تسنز موج تہٕ وٕنُن تسی کُن موکھ ژٕٹِتھ۔

"یوٕ ترا منٕے تام یہِ اوس سورُے کورُم۔ پیرِ صأبنی تاویز ژاٗلمس۔
شاہ کرِمانہٕ سُند نیاز تھوومس۔ کیاہ وَنُے کوسہ تُلہ تاج چھس۔ یمن
ڈاکٹرن تہِ چھُنہٕ کینہہ فِکرِ تران۔ ووٕنی تھاوس ژٕ تہٕ پننہ زلوٕ کینہہ۔ دِہ بوزناس
گُلزار کرِہ بس۔ وُنی وُچھتھ ناانکِس بِچارِکُس پھنڈر ہٹِن گو۔ پوٗنگ گٕلالہٕ زاس،
مگر تس زاین دِتھے دِتن امانتھ۔"

ہشہِ ماجہ ہُند کلامہٕ بُوزِتھ ژ۪ایہٕ تَس تھٕرٕ ہش۔ چَند کڈِ نی روپیَس

کھہٕ ڈُہی تہٕ یَمَن کرُن خدایہٕ سُندِ ناو نیازٕ پنیت۔ تسنزٕ ہشہِ ماجہ سٟتیٚ

ژ۪ایہٕ تھٕنزٕ موج تہٕ گیہٕ کِس چیرٕ اَسِس وکہٕ وتھ اَندر۔ زنانہٕ موٗر آسنہٕ کِنہِ ژیٚتُر

تِمہٕ زِنوش کیتھ حالتَس مَنزٕ چھپیہٕ تہٕ اَمی رُودُس نہٕ پانَس تام۔ نَتہٕ چھِ تَس

نوٚشہِ ہُندی زُمَن زُمَن تسلی۔

تِمہٕ دِژ گَرکُن نظر۔ پانژھ آسہٕ بجَس تیار۔ پَننِس ہہَرس کوٗرُن اِشا رٕ۔

"ژٕ روزِ یتی نِے۔ بہٕ وَسہٕ بون کینٹین تام۔ کینہہٕ ہرگاہ خاص سَپُد

ہِنےٚ تہٕ وُنِزِ۔"

ہیٚرِ وَسان وَسان اوس سُہ اَتھی سٟتیٚ زِ خدا گوٚژھہ سہَل کرُن۔

ہرگاہ سلیمس کینہہٕ کیُت آسہٕ سارے گژھہ ڈُبہٕ ڈاس۔ یی سوچان سوچان

باسیوٚ تَس زَن تہٕ سلیمہٕ گُزرے یہٕ۔ تَس برونہہ کَنہٕ زَن آس سلیمنی لاش....

تسنزٕ موج تہٕ ہش دوشوے وَچھ ژٕٹان۔ تَس چھِ تہٕ تیر کُنڈی ہوی تہٕ

یاشاہ کریتھ ژوٚلُس نیرِتھ۔ "خُدایہٕ سہَل"۔ سُہ اوس ووٚنی ہسپتالہٕ

کِس مین گیٹس نزدیکھ ووٚتمُت۔ پانژھ آسہٕ بجے مژٕ اَوکنی اوس خبرٕ

اَژن والین ہُند رش۔ تِمی پیٹھے گیٹس کُن نَظر ترٲو، اور اَژن واجنین

مَنزٕ آس اَکھ حسین تہٕ جوان کوٗر۔ تَس باسیہٕ یہٕ سو عاَن تہٕ غاَن ڈالی.....

تِمے بجہٕ اَتھی سوے پکنِچ چال۔ تِمے بمہٕ۔ سوے خوش یوٗنی نَس۔ تَس

اوس ووٚنہٕ ژوٚ واریاہ کال ڈالی سمکھنَس گومُت۔ تَنہٕ سمکھیہٕ یہٕ تِم محض اَکہِ یا دوٚیہٕ

یَنہٕ تَس سلیمس سٟتیٚ کھانٛدرکوٗرُکھ۔ ڈالی آس کالجہ پیٹھٕ یوٗنِورسٹی تام تَس

ژھاے ٹُنتھ پتے۔ تَس کاژا گار آس تَتھ ہنز۔ ہسپتالہ کِس میَن گیٹس بُروٗنہہ کَنہ اوس سُہ زَن رٔہیتھ گومُت۔ ڈالی ہُنز اکھ اکھ کَتھ اَس تَس وَچھ کوران۔
کاژاہ مُرہج آس سو تاوَن زُدنی۔ بہ ژھیتھ پراوتھ تہ چھاوتھ۔ تہ پی سونچان سونچان بینیہ تَس ہنگہ مَنگہ پونُد تہ زَن تہ گوخابہ مَنز بیدار۔ کیاہ سلیمہ گُزرے یہ.....؟
سُہ لوٗگ پاَٹھ پانَس ستی پھسرارے کرنہِ۔ تَس آسی سارسے جسمَس ٹھرٹھر تہ کنہ تھیہہ تامَت آسَس وہ شیلمُرِ۔ سُہ لوٗگ زیٹھی زیٹھی قدم ترآوتھ یسبر رُوسَس کُن پکنہ۔ پننی موج تہ ہُر وُچھن نیبر کَنہ۔ بینچس بیٹھہ دَم پھٹی ہوی بہیتھ۔ تَس یاسیو ٗز کیاہتام چھ سَیدُمُت۔ کیا سَتا تہ لوگ نہ تَس بوزن۔ سُہ پتھے تمَن نش ووت ماجہ وُنتس لوتہ لو نہِ مایہ سان۔
" پر شُکر خدائیس کُن۔ کورِمول سَیدُکھ "

اپریل: ۱۹۸۹ء



# راوَن تیوٚل

آفتابہٕ اوس واریاہ تھوٚد کھوٚتمُت۔ شُرؠ بٔڈؠ آسی کامہِ کارَس نیرنہٕ لگیٚمتؠ۔ بہٕ اوسُس گوڈے ژٕرِپرؠ ووٚتھنچہٕ شرمہِ گُلِتھ گرٛھان۔ اَوے اوسُس کَلہٕ بوٚن گُن ترٛاوِتھ پکان۔ بہٕ اوسُس اَزناگس بیٛٹھ سَران کَرن وول آخری نَفر۔ کَلہٕ بوٚن کُن ترٛاوِتھ وایَس پَکان یِتھے بہٕ خطجی دیدہٕ ہٕندِس آنگنس نزدیکھ ووتُس مےٚ بوٗز شُرؠ چرِؠ گٔیش۔ اَوَے تُل مےٚ کَلہٕ تھوٚدتہٕ دِژم نظر۔ خطجی دید آس پانے تہٕر باگراوان۔ تَس آس دوٗرِ اَتھن تَھرتھٕر باسان۔ پانٕ پانہٕ ہیٚے سوٗنچ مےٚ زِ خطجی دید گرٕ کانہہ خوش خبر بوزمٕژ آسہٕ۔

خوش خبر بوٗزِتھ تہٕر باگراوٕنؠ یہٕ چھےٚ خطجی دیدِ ستی وابستہٕ اَکھ پرٛانٕز رِوایتھ یمیُک بہٕ نتہٕ واریاہ کالہٕ بیٛٹھہ چشم دید گواہ چھُس۔ دِپان چھہ قبائلین ہُندِ ۱۹۴۷ء کہ حملہٕ برٛونہہ قریب اَکھ وٕری یِلہٕ خطجی دید مسا ؤہرِہ لوٗگمرآہہ ہیٚے تَس اوسُکھ کریم رٲتھرِس ستی خاندر کوٚرمُت۔ کریمہٕ اوس ژٕمہٕ وزگامہ کِنی ملسری رٲنڈتہٕ

یارباش لونڈرن مَنز مانَنہٕ یوان۔ تَس زانَن واٲلۍ بُزرگ چھہ وَنان زِ تَس تہٕ

واتہٕ ہیے کانہہ بوڈٕن زارَس تہٕ نہٕ سَنز لٔنگس۔ تمۍ سُنز یہٕ کتھ چھہ اَز تہٕ گاہے

ساری بُزرگ بِھران زِ سہ اوس گِندنَس دوران خَجبَس وَنان:

"دوہ لہٕ کرگو تہٕ ہَن گِندوزارَس خطٕچی نظر دِیَب ما آو۔"

کریمنَس نِبَس اوس کُنۍ سُنز راَنڈلہٕ تہٕ آوارگی گیوٗر تُلمُت تہٕ تمۍ زون یہ

غنیمَت زِ تَس خاندر کرِتھ تراوِ تَس آسے زال ناٲلۍ ییتھ رو بہ ظو نہٕ کر۔ آخر سیُد

کریمَس تہٕ خجبَس شُری پانے خاندر۔ خاندر پَتہٕ شیٖپہ رَہتٕے دراو موٗزورَن سیتۍ کریمہٕ

پنجاب، خجہٕ گیہ دم پھٹٕے ہش۔ پَتہٕ گیہٕ کے دوہ زِ تمہٕ بُوز کریہٕ چھہ پنجابہٕ وار

پاٹھی کام کارکَران۔ خوش خبر بُوز تھے کوٗرتمہٕ تھر ہند سَنز تہٕ باگراٖون پاٹھی پانے۔

وُنہٕ اوس کریمہٕ پنجابہٕ پنے زِ قبائلی حملہ سپُد تہٕ جنگ ووٗتھ۔ شہر گام گیہ

ساری پریشان۔ خجبَس اوس دوٗہ دوٗہَس اِنتظار روزان زِ وُنی تہٕ وُنی واتہٕ

کریمہٕ پنجابہٕ پیٹھہ واپَس۔ تمۍ آسَن تَس کتھ کم چیز اَنی ہتۍ۔ سوٗ آس پَرِتھ دوہ

صُبحس تَس آے تہٕ پانے کانچھان تہٕ شامہٕ چہ براٲنز جاے شیران۔ پوٗز دوہ

واد گُزرے یہ۔ رہتہٕ وادمو کلیے یہ تہٕ وری پونشہ گیہ نیرِتھ، نہٕ آو کریمہٕ تہٕ نہٕ آو

تَسُند پاغام۔ خطٕجبَس مُنٹھ تھر تراوِ زِ تہٕ۔ ماٲلۍ ماجہ تہٕ کوٗرُس زور جبر تہٕ مُفتیس نِش

رِیوایتھ اَنِتھ کورہَس رُحِم واٲنس سیتۍ نَو خاندر۔

رُحِم واٲنس سیتۍ دوہ راتھ گُزارنہٕ باوجود اوس خجبَس رُمن رُمن مَنز

بَدل گُس تام بَسان تہٕ پننین غمناک تہٕ خوشحال تَرہن مَنز آس سوٗ کریمَس

سیتۍ آسان۔ رُحِم واٲنی اوس تَس مَنزی کریمنا واو، کُ پوٗرک وَنِتھ

ٹاوس تہٕ تُلان ۔ رٕحمِ وٲنس ستی خاندر ہیتہٕ مساوٕری کھنڈ گرٕھتھ آو اکھ دوہہ

ڈاکہ وول چیٹھی ہیتھ ۔ ڈاکہٕ وٲلی ووٚن چیٹھی چھیہٕ پیشاور پاکستان پیٹھہٕ آمٕژ۔

خُجس ہُنیہ لوٚکہ۔ تَس پاسیوٚ زَن تہٕ کریمہٕ پہو پانٔے واتیتھ، پوٚز ستی ووٚنُس

تُلواس زٕ پہٕ کُس ہتھ دِمہٕ ووہ تَس ۔ سو اٲس یمنےٚ گو تَن زِ ڈاکہٕ واٲلس ووٚنکھ

چیٹھی پرٕنہ باپتھ ۔ تمۍ پرٕ چیٹھی تہٕ ووٚننکھ زِ لیکھن وول چھُ کریم رٲٹھر۔ لیکھان

چھُ زِ ۱۹۴۷ ہ پتہٕ ییلہ میہٕ والیس ہیتھ سارے آش سورے یہ، بہٕ آس اُکس

پٹھان کوٹھدارس ستی راول پینڈی پیٹھ پشاور ۔ گوڈ گوڈ اوسُس بہٕ اُمی

سُند ملازم پتہٕ کوٚرمیہ تہنز کورِ ستی کھاندر ۔ زٕ بچہ چھم۔ جان مزٕس منز چھس

پوٚز ییمنہٕ گاچین دَتن ہُند چھُم تلہٕ کرو ژھ پھیران ۔ دیان چھُس زِ گوٗری وانس منز

گندہا ہییہٕ اکھ لٹہٕ سَبز لنگی بازا ........ خطجن لول چھُ ووڈہول بنیومُت، پوٚز

تَس گژھ دِپن میہٕ مٲفی دِہنی تہٕ پتُن بندوبست کرُن ۔

چیٹھ ہُند متن بوٗزتھ ووٚتھ خجَس اوٚش دَراِیہ ۔ بروٗنٹھس کھنڈس

پاسیوٚ تَس زبیہٕ زَن کریمہٕ آو پشاور پیٹھہٕ تہٕ ہند پاپتھ زرق برق پوٚشاک

ہیتھ ۔ سو دراِیہ یہ پوٚشاک لاگتھ یار بل، ییتہٕ سارے زنانہ لجہٕ اکھ اُکس وننہ

" وچھو خطجہ پیٹھاڑٕنی ہے آیہ ......"

پوٚز رٕحمِ وٲنی دِژ تَس کھو ستی زیری تہٕ ووٚننس :

" وو تہٕ چایہ پیالہ ابناو ۔ دوہہ ووت پور ۔ کینہ پشوور چھے گژھن"۔

دوہمہ دوہہ تراوٚ خجن واریاہ وُہری بنییہٕ تہٕر۔ تمہ پتہٕ ییلہ ییلہ

ترٕ پاکستانہ چیٹھی واتان اُس سو اٲس تہٕر تراماہ گُڈ پتہٕ شکرانک اظہار کران ۔

یِمنے دوٚہَن زاو خَبرٕ أمینہٕ ۔ خبر یتھ تہٕ دَربارَس یا مجَلسہ منز بٕہِتھ ہیے سو
اَتھ کریُن پاکستانُک تہٕ پشوٚرُک تذکرٕ ضرور کران تہٕ مُنزی ییٚلہِ تَس
خاندانَس سٟتی مُتٕ کری گرٕتھِہ ہا یا گرَس منز کانہہ مَسلہٕ بُتھِہ ییہ ہے تِمہ دوٚہہٕ
اَتھ سو تقدیرَس مَلامتھ کران ۔ أمینہٕ اوس ۱۹۴۷ ہٕکین ہولناکھ حالاتن
تہٕ یمو سٟتی وارِیہَن کاشرٕ ہن خاندانَن چھاہٕ چھانگرِ گرٕتھنچہ ڈٕلیلہٕ بوٗزِتھ پرِیتھان
تہٕ یُوت یوت سُہ بالغ سپدان گو تَس اوس پاکستان وُچھنُک احساس تہٕ
تیوٗت کاڑ کڈان ۔

وُری نارٕ ژوہبرٕ آیہٕ نہٕ کرٟیم راٹھرنی کانہہ تہٕ چھِٹھی تہٕ خبَرُس اوس وُنی
وآراگ وو تھان ۔ سو اَتھ مُنزی پرانین چھِٹھین پھیرُ دِوان تہٕ یمہ چھِٹھِ أمینَس
اَتھہ یرناوان ۔ یمہ چِٹھِ پرٕنَس سٟتی اوس وُوٗنی امینَس پوٗرٕ پاٹھی فکرِ تَران زِ
کنٹرول لائنہِ اَپارِ کیہہ سہ دَگ چھُہ کرٟیم راٹھرلہٕ ناوان او سمُت تہٕ یپار کیاہ حالتھ
چھیہٚ وِزِ وِزِ تِٟسنز ماجہ گامژ..... سُہ اوس پأنی پانَس سٟتی ثقہٕ یرادٕ کران
زِ سُہ کرِ یہ جبری حد بندی ختم ۔ پوٚز تَس اوس نہٕ فکرِ تَران زِ سُہ ہیے کرِ
تہٕ کیا کرِ ؟

بیٚیہ تہِ گیہ وُری جو راہ تہٕ نوجوانَن ہُند لوکٕ ٹولکہٕ گروٗپو کرٕ ہتھیار بند سپدِتھ
کُشیر مُتحد کرٕنٕچ جد وجہد شروٗع ۔ ساسہٕ واد جوان ترٕٲوِ ژُھورِ ژھیپہ کنٹرول لائنہِ
تہٕ اورٕ آیہِ مُسلح سپدِتھ ۔ امینَس رُود نہٕ تاب ۔ سُہ دَراو اَکِہ دوٚہہ کالج پوٚز والیس
آو نہٕ خطجہ تہٕ رُحم وأنی دِدٕ شوٚے گیہ پریشان ۔ سَتہِ دوٚہہٕ واٲژھ امینٕنچ
چِھٹھی زِ سُہ چھُہ رٕکھہ اَپور ترٕتھ یہ جبری رٕکھ مِٹاونچہ کامہِ سٟتی وابستہٕ سپدمُت ۔

رُحم وٲنِس کھوٚت بَڈٕ خَشم تہٕ سُہ لوٚگ اُمینہِ ناوٕ بَدرَد وَننہِ ۔ پوٚز خچہٕ اٰسِ
اَندری کِنہِ خوٗش ۔

" میون اَمُل وُچھِ پشوو رُتہٕ بیٚیہ یِیہ توٚر کٔرمینہِ عیالِ خَبر اَتہٕ ہیتھ
جَبری رِکھ یِیہ مانڈنہٕ تہٕ اُسی ہہکوا پورتہٕ رِتھ ۔ اَپارِم ہہکن یپور تٔرِتھ ۔"
دوٚیمہِ دوہہٕ صبحٲے ترٲو تِمہٕ تھٕہر ترٲم ۔

رہتھ شیٚیہ مُرگیِہ ۔ اپور گرٕ ٹھن وٲکی واریاہ نوجوان آیہ پھیرتھ، پوٚز اُمینہٕ
آوٕ نہ کِنہہ ۔ خٕطجہ گِیہ پرٕتھ ہیتھِس نوجوانَس تہٕ پرٕ وژھنک اُمینَس متعلق ۔ اَڈلو دوٚہِس
سُہ چھُہ وارٕ پاٹھی ۔ کینژو دوٚہِس سُہ وُچھنہٕ اَسہ ۔ اَکہ دوہہٕ بُوز خٕطجن زِ اُمینہٕ
چُھہ وابِس تٔروٗن شہید گومُت ۔ تَس آو مٔرز ۔ تِمہِ ژٕٹی پانَس پَلو ۔ پوٚز دوٚیمہِ دوٚہہٕ
دوٚپُس کٔمی تام اُمینہٕ چُھہ صحی سلامَتھ ۔ گامَس مَنز چُھہ اَڈٕ ہن لُوکن ہُند خیال زِ
اُمینہٕ چُھہ یپور تَروٗن بالہٕ بُزی گومُت ۔ پوٚز کینہہٕ چھِہ وَنان سُہ چھُہ پشاوَر
گُرٕ ھِتھ کٔرِم راتھ زِنِن شُرِ بن ستی لسان بَسان ۔ خٕطجہ چھِیہ مُنزِ مُنزِ پھلوا
گٕرھان تہٕ باکہٕ ژھٹان ۔ مُنزِ چھُس تَسلاہ باسان زِ اُمینہٕ چُھہ ٹھیک پاٹھی ۔
گرٕ وٲتِتھ اوسُس بہٕ اُتھی کُنہَس زِ خٕطجہ ویدِ کیا ز ترٲو اَز تھٕہر ۔ زِ را ما
آسِہن اُمینَس متعلق خوشخبری بُوزمژ ۔ بہٕ اوسُس اُتھی خیالَس زِ گامَس کوٚر
بی ۔ ایس ۔ ایفَن گیرٕ ۔ مُشید ہٕندِس لوڈسپیکرس ہیتھ آو اعلانہٕ کرنہٕ:
"سبھی لوگ گھروں سے باہر نکل آو ۔"
گرٕ نیران وُچھ مِیہ خٕطجہ ویدِ پان ژٕٹان، گٔمُوران ۔۔ مِیہ پرٕوژھمَس
" ویدِ ہی کیا اُبیل چھیٚیہ ؟ "

"یہِ کُس تاوَن پیوٚم ۔ اُمینٕس کیا کَرٕ ؟"

بہٕ اوسُس خطٕچہِ دِیُدرٕ سیٚتی کتھ کرانہِ زِ بی ایس ایف کہِ جوان تارٕ آیہِ ۔ بندوق بَٹھٕ ٹاس جوراہ تہٕ اَتہٕ ژوٚ مبرہ گَجہِ ہَم ۔ لَب کھٕ ژٕ آرِتھ پرُ وژھکھ :

"کہاں چُھپایا ہے اُگروادیوں کو ؟"

مِیون یہِ حال وُچھتھ آو خطٕچہِ دِیُدرِ چکرٕ تہٕ سو آیہِ ٹاس کرِتھ بَتھر لاینہٕ ۔

جنوری ۱۹۹۶ء



# نٕو بجر طوٗیلہٕ منٛز

وَق اوس یور روومُت۔ شَہرچِہ نٔوِتہٕ زیچھہ بُستی ہُنزَن سڑکَن تہٕ کوچن اوسُن تاپچہ پیٚوٚن ہیوٚمُت ــــ ریڈٕ والین ہُند کریکہٕ ناد اوس دُور دُور تام کَنَن گرٛھان:

" ہاکھ ہا ــ ٹماٹر ہا ــ دٔہن رو پیَن گوٗ ڈوڈکِلو..... ! "

محلہٕ چہِ زَنانہٕ کیو مَرد آسی ریڈٕ والین سیٖتھٕ ہیوان تہٕ دَر دَرٕ آس طیٖس پیٹھ چلان۔ عزیز کاک اوس حسبِ موٗمُول سٔڑکِہ اورٕ یور کران۔ ؤنکو اَز اوس نہٕ سُہ کُنے زوٚن بیٚنیہ تہِ آسہٕ واریاہ زنانہٕ تہٕ مَرد ڈیرِ ہُن منز۔ کتھ باتھ آس الگ الگ مگر موضوع اوس کُنُے ــ دوہ زٕجرِ تہٕ حالاتَن ہُنز سنگینی ــ

" دِیان ہسا تنخواہ رہِتھ ماکھین " عزیز کاکس نکھے اِستادٕ اُکرادٕ ڈوٗرٕ نفرَن پرٛٔژھ پانس لَرِ وَدنِہ نۆجوانَس ـ نوجوان ووٚتھس " ہا تہِ بَٹیا، کران روبا دابا " ــ " نسا سو کتھ چھنہٕ، اَز ہیکن کھیتھ تہِ " گوڈنیک نفر ووٚتھ فِکر گیری ہُند اَمانہٕ

عزیز کاک اوس زن تہِ اُتھی پراران تہٕ سُہ سپُدیہٕ وُنیتھ کتھہِ باتھہٕ منز شامِل۔

"اَہَن حص ریڈیو بیٹھہٕ وُنکھ راتھ تِتھے ہیُو کیا تام"۔

عزیز صابنۍ کتھ بوزِتھ ژٕکراوِ نوجوانن بُہ تہٕ اَڈٕ ورٕ شخصن کُملاو ووٚٹھ۔ عزیز کاکن تھوو کلامہٕ جاری۔

"یِمن چھا پتہ تھر۔ یِم ہیکن سارِنے ہٹہِ چیر دِتھ۔ کیا کم کورُکھ اَز تام۔ سونے حال وُچھتو۔ وِ ذٕ گُیہِ کالہٕ کاجہٕ ترِ یہہ وری غلام قادرس بہتھ۔ یہ ہٕ عدالتہٕ تہِ پرِژھے۔ ییمہ دوہہٕ رٕیتیچ دوٚیہِ رٕیتی تاریخ چھُہ آسان سائنس کیسس نہٕ واری واتان"۔

عزیز کاک اوس بوس ژٕھاشرٕھناوٕنکس موڑس منز، مگر تٕسندی بوزَن وٲلی آسی اکھ اکس اُچھو تہٕ کھور وکتھہ ژٕٹنک مشورٕ دِوان۔ عزیز کاکن یِتھے تھکھ کوٚر نوجوانن تروو گرمٕ کُن قدم یہ وَنان وَنان زِ یِم حص گیہ سٲژ گونا۔ اَڈٕ ورٕ شخصن گلو آن کارس منز کلہٕ تہٕ دَراونکھے سبزی کنن وٲلس کُن۔ عزیز صاب دَراو سٹرکہٕ ہندِ دوٚیمہ طرفہٕ دوٚیمہِ ڈٕفرِ کُن۔

عزیز کاک چھُہ دوہہٕ کین ژٕون بہرن یمہٕ سٹرکہٕ رٕندٕ کڑان۔ اَکہِ اَندٕ یوان تہٕ بیٚیہ اَندٕ گژھان۔ سُہ چھُہ اکثر ووٚدٲسی آسان تہٕ زیادٕ پہم گُنے زوٚن۔ اَز چھُنہٕ سُہ زیادٕ ووٚدٲسی، شاید اَوکنہِ زِ ووٚٹھ گیہ واریاہ دوہہٕ کالونی ہُندین مردن کیوٚ زنانن گرٕی آسان۔ ییٚنہٕ مُلازم ہڑتال کرناوِ کہ تہٕ چھُہ عزیز کاکس کتھہ باتھہ خاطرٕ کانہہ نتہٕ کانہہ اَتھہ لگانہٕ روزان۔

عزیز کاکس گیہ زٕ وری یتھ بستی منز بسنہِ آمتس۔ عزیز کاک چھُہ ژٕکہ گامی۔ وریس وٲنس چھن پینن ستی پٔننس گامس منز گذارمٕژ۔ شہر چین نوین بستین منز چھِہ یینۍ مسلہٕ ــــ

اَکھ گرٕ لاڑک تہٕ بیا کھ دارُک ۔ کانٛہہ نہٕ کانٛسہ زانان ۔ کانٛہہ نہٕ کانٛسہ مانان ۔ یپارٕ ہیٚن مرٕتن موٕردٕ اَپارٕ ہیٚن نہ گرین تہٕ ۔ عزیز کاکس چھُہ باسان سُہ زن بوٚڑکھ جیلس مَنز ۔ یَنہٕ سُہ یورٕ آو سُہ چھُنہٕ گرِ نِتہٕ زیادٕ کانٛسہ بہہان ۔ دپان یَتنٕہ نوٚشہ ہُنز چھیس سیٹھاہ بھوشان ۔ تَس چھُہ باسان زٕتہندِس غلام قادرس کڈٕ اَمی شہرٕ نیٚو کُل ۔ غلام قادراوس شہرے کِتھ تام دفترس منٛز اکونٹس کلرک ۔ عزیز کاک یِیلہ کانٛسہ سیتی ہم کلام سپدان چھُہ، سُہ چھُہ یُنٛ گام واتان، تتیک لُوبہ وُن اوٚنار پوک ۔ لُوکن ہُنٛد ماز میچھر ۔ اَکھ اَکی سُنٛد زانُن مانُن تہٕ یتہٕ یِنُن تہٕ یِتنہِ خاندانُک بجر ۔ بستی منٛز روزن واکی زیادٕ بہم لُوکھ چھِہ ملازم ۔ تِمن چھِنہٕ تمی سُنٛز یہِ نُو بحرِ طویل بوزنُس فرصت تہٕ دِلچسپی ۔ عزیز کاکس چھیہ بُڈ ہِش کھریمہ کالنی ہُنٛز یِہے ۔ ییتہٕ چھُنہٕ لُوکن کینہہ ویژانے ۔ بِیٚنس گامس منٛز اَسی تِہٕندِس غلام قادرس ساری راے پرٕژھان ۔ لوٚت گوٚب ہیٚے کانٛسہ آسہ ہانٛس اوس ضرور مشورٕ پرٕژھان ...!

دپان شہرٕ گامہٕ نوٚ انقلابُک ہوا نوا یادٕ سپدٕ وُنے لگی نوٚ انقلابُکی علمبردار تہٕ غلام قادرس راے پرٕژھنہٕ تہٕ تہندِ اخراجاتن ہُنٛد حساب کتاب تہٕ اوس سُے تھاوان ۔ وارہیس کالس اوس اَمہٕ سِتنی گامس منٛز غلام قادرن دَبہٕ دَبہٕ ہُر لوٚمت تہٕ عزیز کاک اوس اَتھ بیٹھ اُسان تہٕ وَسان ۔ یوٚزییلہِ سبز واوییتہٕ خاکی طوفان آو، غلام قادرن ژھُن گام ترٛاوِتھ تہٕ شہرٕ چیہ یِتھ بستی منٛز ہیوٚتُن ستن لچھن مکانہٕ ۔ شہرٕ وُسن دراس تہٕ فِرٕ وُس ۔ یورٕ وسِتھ کِے دوہہ گژھتھ نیوٚکھ اَکہ دوہہ رتلہ چھاپس منٛز رُٹتھ ۔ عزیز کاکس باسیوٚ سورُے وزان ۔ ینہِ ہیے گامہٕ نٛہن رٕٹتھ غلام قادرس تہٕ سورُے گام نیرٕ ہیے نہٕ واویلا کران، اَدٕ ییتہٕ زن نہٕ کینہہ سپُد ۔

کأنِسہ مُژروٗ کھ نہٕ ہَرتہٕ ۔ عزیز کاکَن پھٹر وواتھ دوران سوڑے ہاٹ نوشہِ :

"ژٕ نٕے کَل کَدٕہَس واو گلین مالگہٕ ہو"۔ "نخص میٚہ کیاکَل کَدٕس ۔ تہٕ

تہٕ ہیٚے کالہٕ یکاہ نیایَن بیٚٹھ نیاےٚ آسان آسی ۔ کم شِلکھ پیٚیِس ۔ میٚہ دوٚپ

اَمہ دوٚطرفہٕ دَرہاوَر نِش بچہ بیٚنہ پَرن نوم شُرٕ تہٕ بڑٕ یا یہ "۔

تسٕ نِز نوشہِ ہُنز ویل آس وزن دار مگر عزیز کاکس اوس نہٕ یہ وَیان ۔

ییتھ کَنہٕ نہٕ بُستی ہُندِ بن باتے لوٗکن عزیز کاکنی بحر طویل وَیان آس ۔

شیٚنہ سَتھ رٕ یتھ گرٕ ھتھ آو غلام قادر جیل کٔڈتھ مگر نوکری نِش کوٚرُکھ برطرف

تَنہٕ چھُ سُہ تہٕ پورٕ ینس بیٚٹھ پھِٹ اوان، وَنگوسہ چھُنہٕ آشنہٕ اَتھ سِلسِلَس منز کانہہ

خطاکھالان، سُہ چھُ یہ سوڑے مقدر مانان ۔ پوٚز شہرس منز چھُ اَتھ ٕتنگ

گرٕ ھن زیادَے ہیٚن مُشکل تہٕ یہ مُشکل چھُ تَس تہٕ ماٚلٕسُندی پاٚٹھی صُبحن تہٕ شامَن

گام واتناوان، یٚیتہٕ پَننہِ وارِہنٕدٕ ہاکہٕ بوٚد تہٕ پٔننہِ گاوہُنزدودٕ یا وپَرتھ حاسِل

منز آیتن چھیٚہ آسان ۔ خاٚرڈٔیکہ لون کُس بدلاوِ ۔ سُہ چھُ عدالتکس نہٕ ملس

بیٚزاراں تہٕ اَمی وومیدٕ دوہہ دوہہ کڈان ۔ عزیز کاکَس چھُ سُہ تہٕ بیزار

زِ سُہ چھُ غاٚر ضروری کلامہ کران تہٕ بُستی منز رَنٕدِیران ۔ وَنگوٚ پننہ ناراضگی

ہُنٕد اظہار چھُہ سُہ خال خاٚلے کران ۔

یَنہٕ غلام قادَرس نوکری گیٚہ تَنہٕ چھُ عزیز کاکٕ نِس بحرِ طویلَس بیاکھ بَنٕد

ہُر یوٚمت ۔ سُہ چھُ پرتھ سَمکھن وأنِس یہِ واقہٕ بوزناوان تہٕ یہ پرٕژھان زِ

تَسندِس نیٚچوِس چھا بحال گرٕ ھنک اِمکان ۔ عزیز کاک چھُ میٚہ وار یاہ یِژٔھ کَرن

شایداَوکنی زِ بہ چھُس یوٚت پلہ ہیوٚت تسنٕز کتھ صبر سان بوزان ۔

تَس تَسلا دِوان تہٕ باقیَن ہُندی پاٹھی تَس کوچہ پھیُر کرنہٕ نِشہٕ یِتھ روزان

مگر سُہ ییلہٕ تہٕ میہٕ زانہِہ دفتریہٕ وِزِ وُچھان چھُہ، ضرور چھُم پرِ ژھان زِ مَن ہُند

مابوزِ یوتھ کینہہ، کرنہٕ یِمَن کِہ ڈمتین مُلاز من کینہہ؟ ۔ بہٕ یُوت عاجزیہ سوال بُوزِتھ

گرژھان چھُس، عزیز کاک چھُہ شاید تیوٗتے عاجز میون یہ کُنہٕ جواب بوزِتھ گرژھان۔

"دَپان حض سوچان چھُہ مگر کینہہ حاکم چھکھ نہٕ مانان۔"

بہٕ ییلہٕ از قمیض ییزار لاگتھ سائیکلس بیٹھ گرِ دراس، عزیز کاکس ییہہ

نظر دُورِ تہٕ آو میہٕ نِش خوش اوس باسان ۔ سلام دُعا یَتہٕ ووتھ۔

"ژیہہ بُوزِتھ حض" ۔۔۔ "کیاہ" ۔۔۔ میہٕ پرُ وژھس تاجبہٕ سان ۔

"دَپان یم کڈن سارِے مُلازمن" ۔۔۔ "یا ہرتالہٕ موجُوب" ۔۔۔ بہٕ ووتھس۔

"اَمِن حض تِی دَپان ۔ دَپان راتھ وونکھ ریڈیو بیٹھ تی" ۔۔۔ نہٕ حض میہٕ بُوز

نہٕ کینہہ" ۔۔۔ میون جواب بُوزِتھ ژَن تہٕ تَس بے اطمینانی گیہٕ مگر توتہٕ ووتھ سُہ۔

"نہٕ حض ہرگاہ تہٕ گژھہ تیلہٕ ....." میہٕ ژہ تُر تسند مطلب تہٕ دوپمس ۔۔۔

"کیاہ گژھِ، پتہٕ گرژھن ساری بحال نو پرانی ساری ۔" یہ بُوزِتھ گو عزیز صاب

سیٹھاہ خوش ۔ تمہٕ کرُ میہٕ ہیرِ بوٗ تہٕ مشکور اَچھو نظراہ تہٕ دراو گرُکن......

میہٕ لُز سائیکلس پیٹھ لَتھ تہٕ دراس وُتا وِلی سان دفترکُن ۔!



 

# دُوٚوت

میرصاًب اوس ٹیکیس سیتۍ لُر دِتھ غوطن ہیُو گوٗمت ۔ تس اوس پانَس اَندی پکۍ نارٕ نار باسان ۔ حالانکہ سورُے اوس ٹھیک ۔ مگر یہ دُچھنہٕ اَندٕ آس سڑک یَتھ پیٹھ ٹریفک معمولکۍ پأٹھۍ رٕواں دٕواں اوس ۔ بازرٕ اوس کاروبار اَصل پأٹھۍ چلان ۔ گرَس مَنز نہٕ اوس رُتٕ رےٚ ۔ بوبہٕ ٹأٹھ آس لچھنَس مَنز گلِس نگرانی تھاٗوِتھ تہٕ ڈاکٹر صاًب اوس وُنہٕ نایٹ ڈِوٹی پیٹھ ہیٚنے ۔ میرصأبس وأتی نوٚم اَکھ زٕ وٚری ہوٚپ دَم کرِتھ آسان، حالانکہ بظاہر چھنہٕ تَس کانہہ تیُتھ مُسلہ یتھِ یینمہٕ سیتۍ سُہ غمگین آسُن گوٚژھ ۔ رِٹائر گژھنہٕ برُونہہ وأج تمۍ پَننی کُنی کوٗر شاہد جان پأٹھۍ نکھہٕ ۔ اَمہٕ برُونہہ موکہٕ لوٚ دتہٕ ہندی نیچوٕی M.S. کرِتھ تہٕ سُہ چھُہ ووٚنی مقامی میڈیکل اِنسٹیٹیوٹک اَکھ ناووار سرجن ۔ میرصأبس چھیہ

مَکانوٗ دُکانوٗ تہٕ باغ بیترٕ ہیتھ روٗ ییہ کرٚوٕرس کھنڈس پرٛ اپرٛٹی، مگر تیوٗت کرِتھ تہِ چھُہ سُہ مایوس روزان ۔ اَمیُک چھُہ تَتھ نٲدِس ڈاکٹر نیچوٚس تہٕ آشنہِ دوٚشوٕنی سیٹھاہ اَفسوس ـــــ

بوٚبہٕ ٹاٹھہ کرنوو گُلس اَتھہ چاے پیالا تہٕ ژاے پانَے چاپہِ پیالہٕ ہیتھ میر صأبَس نِش ۔ چاپہِ پیالہٕ برٛونٛہہ کنہِ تھاوان وونُس:

"مہ آس یِتھے ہیو روزان ۔ بازرکُن کری زِہے چکراہ ۔ ژٕ چُھکھہ نہ یہ گٕٹھے تراوان زانہہ ۔"

آشنہٕ ہندیو تُے وَنُن زَن تہِ میر صأبَس لوٚگ ترس ۔

"آہَنی ووہ نی کیانژنے یوت رُودمہ پرٕ ۔ گوژیہہ تہِ چُھسے ووہ نی بہٕ کھران ۔ سیوٚدُے مُنگو خُدایہ ہسے دلوٕ ہیانہِ عتابہٕ نِشہِ بچراولومأجہِ تیتھرٕن" میر صأبنہِ کلامہٕ تأہٕ اُس تلخی صاف نَنان ۔ پوٚز بوٚبہ ٹاٹھ گیہ شرمندٕ ہِش نہٕ تہِ وون نرمی سان:

"تُلِ چینہِ چاے ۔ مہ کھال پانس شأستی ۔ اَمہ سِتی چھے زُو خراب گژھان ۔"

مگر میر صأب اوس نہٕ کأنہ نرماونس تیار ۔ سُہ ووتھ بَنِن تلخ انداز جأری تھاوِتھ ۔

"نتہ کیا چھُہ ہیہ خراب گژھنَے ۔ وُمرِ پوٚز اَپُز کرِتھ یہ کینژھا بنوٗوم تِ گژھِہ میانین اچھَن دیدمان لٹہِ چھنتھہ ۔ تَتھ کرن لوٗکھ لوٗٹھ، بہٕ کتہ روزٕ خوش ۔"

"لُوٹھ کیاز کرنَس ۔ لیتھ چھتھ کیاز گژھہ؟" لوبہ ٹاٹھ وَرٕھس دِلاسہٕ دِنکہ انمانہٕ ۔ مگر میر صاب رُود پننہٕ ہنہٕ بیٹھ ڈٹھ :

"ڈاکٹر گژھہ امریکہ تہٕ ییتہ کُس کرِہس اَتھ رٲچھ ۔ ساری گژھہ ڈُبہٕ ڈاس۔"

"اَدٕ اَسی چھنا ییتہٕ ۔ یوٚتام سُہ توریہ"، لوبہٕ ٹاٹھہ ووِن وَر جواب ۔

"دوٚپمے ناژیہ کور تھٔن خراب ۔ ژٕ نَے ساتھ دِہَس تَس ما اَژِہ ہے امریکہ گژھنک سرسان کاڈٕ ن ۔ ییتہ کوہ سہٕ کمی چھیہ ووِنی اَسہ ۔ ناوِدار ڈاکٹر چھہ اصل پریکٹس تہٕ چھِہ کران ۔ جان پراپرٹی چھَس ۔ سُہ کونہٕ سون ماناں ۔ مونمُت ہے آسہ ہَن، خاندر تہٕ آسہ ہَس کوٚرمُت ۔ نوشہٕ ہنا آسہے گرس منز ۔ نیشہٕ لوٚدا آسہے ۔ اَتی آسہے اَسہ تہٕ دِل بہلاَیِی گژھان ۔ اَدٕ تَس نہٕ سٲنی زَر تہٕ فکر ۔ صرف چھَس اِسٹیٹس گژھنچ دُھن سوار ۔ نِصف نِصف رٲژ تام آسان چھِٹھ لیکھان، اَکس یونیورسٹی بیٚیس اِنسٹیچیوٹس ۔ نو گرس سَنتان، نہٕ ماحولس نہٕ سماجس ۔ وُچھ تہٕ اَز چھُنہٕ وُنہٕ کُنہٕ نوٚنے ۔ آسہ اُٹھی دربدری ستی ۔"

خاندار سُند یہ پُر زور تقریر لُوز تھ کُر لوبہ ٹاٹھہ ژھوپہٕ ۔ سو اَیس وِسے تہٕ مادٕیتن ہنز اتھ مژکری منز ہیتہ آمژ ۔ ییلہ خاندار پننی دلیل لوز ناوان چھَس تَس چھِہ یہِ حق پوٚز باسان تہٕ ووِنی ییلہ نیچوٚ پُنُن وَنان چھُس تَس چھُہ سُہ تہٕ رُتُے باسان، پوٚز سو چھنہٕ کہنی تہٕ کرِتھ ہیکان ۔

میر صابَس ستی ستی اَیس ووِنی لوبہ ٹاٹھ تہٕ ہوٚپ دَم کرِتھ خبر کمن غوطن گاہمژ زِ درواز مُژرنکہ صَدا ستی پھُٹ ژھوپہٕ ۔ ڈاکٹر صاب ژاو درواز ۔ لوبہ ٹاٹھ وُژھ دَوان تہٕ دوران تھوٚد تہٕ دَرایہ نیچوٚس بُتھِہ ۔

" آکھاہ لجِسے بَلایہ ۔ یُوت ژیر کیازِ گوے ۔ یہ اوسُے مول تہٕ پریشان "۔
بو بہٕ ٹاٹھہ کرِٕ زٕ ترٛیہہ سوال ووہ دِنہٕ وہ دنی ۔ ڈاکٹر ژاو کرس مَنز بہٕ صفائی
دِوان دِوان زِ تَس گو اَوکنی ژیرِ زِ تَس پیوٚ اکھ امرجنسی اَپریشن کرُن ۔
میر صابَس کھوٚت بو بہٕ ٹاٹھہ ہُند طرفہٕ نیچوٚس پیٹھ آو بھگت کرنَس پیٹھ "
بیٚیہ ہَن شرارتھ ۔ اَماکِن آسِس تھنزی کتھہٕ باتھہ کُن ۔ سُہ اوس زانُن یژھان
زِماج کرِیا نیچوٚس تِنز کتھہ سمجھاوٕنٕچ کوشِش کِنہٕ نہ ۔
بو بَن کور گَلِس آنو زِ ڈاکٹر صابَس خاطرٕ ان چایہ پیالا ۔ پانہٕ وُژھ سو
بیٚیہ نیچوِس کُن :
" ناتہٕ لجِسے بَلایہ بَڈٕ تھونکت چھکھ باسان ۔ یہٕ کس بیمارس پیٚوٚے
اَز امرجنسی آپریشن کرُن "۔
" سُہ ہے اوس دُور کہِ تام گامُک ۔ ہارٹ پرابلم آسس ۔ تو یہٕ آسِس
یِم شُری جان یِمو وَقتس پیٹھ ہسپتال واتنو ۔ نصیبہٕ تہٕ اوسُس جانٕہ یِیہ
آس نایٹ ۔ اَز کل ما چھہ اِنسٹیچیوٹہٕ بیٚیہ کانٛہہ ہارٹ سرجن ۔ ڈاکٹر میر گو ٹیمہ
رِتِسے جرمنی تہٕ ڈاکٹر اکرم چھہ سعودی عرب "۔
میر صابَن یِتھے ڈاکٹر سُند یہ کلامہ بوٗز سُہ آو یکدم بیوٚر ترِتھ ۔
" آہَن سا گوٚبراہ گاڈاکٹر گلزار تہٕ امریکہ آسہ ہے یہ گامُک ۔ بیمار
مرِہے نابے قضا "۔
ڈاکٹرن ژھتر زِماکِ روٚٹ سُہ بیٚیہ دَلس ۔ تِمو ہیوٚت دول دِیُن ۔
" خدا چھُہ سبب ساز ۔ تِمیٚ یِنس یہِ لیکھ تھوٚوُتس چھُہ تہٕ واتان "۔

مگر میر صاب رُود توتہٕ وَنان :

ووٚ ذی ہرگا چانہٕ امریکہ گژھنہٕ پیٚتہٕ میٚ ہارٹ پرابلم گژھ نو آسہ

ہسپتال نٕہ ووٚٹے تہٕ نہ علاج کرن وول۔

ڈاکٹر گلزار گو ماَلی سٕندِ یہِ کلامہٕ بوٗزِتھ سیٹھاہ عاجز۔ پوٚز تٕمی ہیوٚت

دِلاسہٕ دِوان وَنُن :

"ڈیڈی ہو آسو خامخاہ وٕہمہٕ ہیوان۔ ہرگاہ بہٕ اَمریکہ گژھ ووٚن ترِٕن

رٕہتن تھاوِ شاید تُہنٛد خیال تہٕ میٚ اَسہِ پیٚتہٕ خبر اَترِ ونان۔ ہرگاہ میٚ یا سیوو

تَتہٕ چُھ SETTLE گژھنُک اِمکان، تیٚلہِ نموتوٚہی تہٕ توٗری"۔

یہِ بوٗزِتھ گو میر صاب زیادے تیز۔

"گوناژدِ کِھ نہٕ اَسہِ آرام سان مَرنہٕ تہٕ۔ ژٕ لاگکھ اَسہِ بجرس مَنزِ ووٚہ پَر

مُلکس مَنز دِکَن ۔۔ فرمانبردار اولاد چھِکھ ..... بَڈٕ وفادار چھکھ"۔

ماَلی سٕندِ یہِ طنز بوٗزِتھ کلامہٕ ہیوٚک نہٕ ڈاکٹرن ژاَلِتھ تہٕ سُہ ووٚتھ بَڈٕ

شرارتہٕ سان۔

"نہ ڈیڈی کیٚر یٚر بناوُن گُیہ نہٕ بے وَفاَیی۔ تیٚلہِ چھو توٚہی تہٕ بے وَفا

توٚہی تہٕ وُتِھو ناگام ترٲوِتھ شہر۔ ییٚتی پوٚرُ، ییٚتی کوٚرو نیتھر، ییٚتی بنٲوِ پراپرٹی

تور دِژو نہٕ پوٚت نظر تیٚلہ چھو توٚہی تہٕ بے وَفا"۔

ڈاکٹرُن یہِ کلامہٕ بوٗزِتھ گو میر صاب لاجواب۔ تس توٚگ نہٕ کینٛہہ وَنُن

تہٕ وُٹھ پھیشان توٚر واپس نینس کمرس مَنز تہٕ بیوٚٹھ بیٚیہِ کوٗنس مَنز ہوٚپ

دوٚپ گٔرِتھ۔

وۄنۍ اوس میر صاب پأنٕ پانَس تی پرۄژھان یہٕ نیچوِ تَس پرُوژھ، تَس اوس یَیتھ کال دیدمان تہٕ پَنٕنۍ مول زَن تہٕ وَنان ۔

"میون ہیٚے مانکھ وَہہ جمأژ پَرِتھ وۄنۍ کتھ چھُے شہرٕ وُسن ۔ وۄلہٕ پَلزٕ میہٕ یم زیٚمین ترٕ کھ لاگنَس ۔ بییہ پَرناوُکھ یم ببہٕ یأرے !"

"نہ لالہٕ صاب، ہرگاہ بہٕ بییہ دۄن وٕریَن پَرٕ بہٕ بنہٕ انجینیر۔ یہٕ نہ روزی ژ یہہ کانٹھہٕ مسلہٕ، نہ یَیتھ گرُس نہ یَیتھ گامُس۔"

تہٕ یَیتہٕ ییلہ بہٕ انجینیر بنیوس شہرکۍ بڈی بارٕ ٹھیکہٕ دَرن وزِم کورنیتھرٕ ۔ گام تہٕ گاہٕکۍ مُشِم، یوٚتام زِمول گُذریوم تہٕ میہٕ لج دوٚیہ دوٚہی پتا ۔۔ یَزی دَراس بہٕ بے وَفا تہٕ ہرگا میون نیچوُ ازا سٹیٹس گرٕھنس پیٹھ بضد چھُ، یہٕ چھنہٕ کانٹھہٕ نوٚکتھ ۔ اَتھ دُوٚتس پیٹھ ژوٹ میہٕ اَمی آیہ موٚڑ ۔ مگر از چھِ بییہ موقہٕ، بییہ چھُ دُوٚت ـــــ اَکھ وَتھ چھیہٕ نیچوِس یَتہٕ یَتہٕ اسٹیٹس واپس تہٕ بیاکھ ـــــ بیاکھ وَتھ چھیہٕ یہ جاداد اَکِس فلاحی اِدارس منز تبدیل کرِتھ گام کھِستھ یُتھ مہٕ بے وَفایی ہُنز تلأفی کرٕ ہیچ ۔ میر صأبنِس بُتھس پیٹھ اُس یِیہے بشاشتھ ہِش ۔ تِمو ویُت یک تلم گُلس آلو ۔ گلہٕ آو دَوان دَوان تہٕ پرُوژھن ـــــ "کیا حکم گرٕھیو؟"

"تلایم ماجہ پتھر تارکھ یُوری"

میر صأبُن وۄشوٗنی ناداوس لوبہٕ ٹاٹھہ تہٕ ڈاکٹر دوٚشوٚنی ہُنٕز خاطر تعجب خیز ۔ دوٚشوے یو دوٚپ خبر شرارتہٕ سیتی ماگوس کینہہ ۔ وۄشوے ترٕ دَوان دَوان ۔ پوٚز میر صاب اوس وۄنۍ اطمنانہٕ سان بہتھ ۔ لوبہٕ ٹاٹھ وُژھس:

”کیا دلیل چھیہٕ؟ وونی چھیہٕ بیہٕ ہرکرٕنی؟“

میر صاب وۄتھ بڈٕ نرمی سان۔

”نساہر کیاز کرٕ۔ وۄنگو مشورٕ چ کتھ چھیہٕ۔ بہٕ گژھنہٕ گلزار صابس

ستی امریکہ تہٕ ہرگاہ ژٕ گژھکھ ژٕ یہنہٕ پہ چھے اختیار۔ اما پۆز بہٕ کرٕ یہ ساریے

پراپرٹی اکہ ٹرسٹکہ ناوٕ یُس گامی علاقن ہنز بجأیی باپتھ کام کرٕ“

یہ بُوز تھ ژھنی بوبن دَندس تل اونگجہ تہٕ ڈاکٹر لوگ تس مُدے گنڈٕ تھ

وُچھنہٕ.........!



# هَلم دٕزِتھ پیو

رۄنیمتِس ہَلمَس پَننی پاٹھی چیٚر تَھپھ تھاوِتھ اوسُس بہٕ تتھ پَتھرِ منٛز وۄدٕ آسی تہٕ دَم پھُٹمٕژ۔ یوٚہے حال اوس میانہِ بین سارِنی ہم جنسَن تہٕ ہم کارَن ہُند تہِ ـــــــ سارٕی آسی نَفسنہِ وادِ رۄہ نہٕ ظونہٕ کرانی، گرا تھزِ ہیٚبٹھہٕ سَنرِس وَسان تہٕ گراہ سَنرِ ہیٚبٹھہٕ تھزرِس کُن لاران ـــــ اوٚند پوٚک اوس مارٕی موٚند آسِتھ تہٕ دُیان باسان تہٕ پَرتھ اکھ اوس پننِس ہَلمَس چیٚر تَھپھ ہِش کٔرِتھ باسان ـــــ یوٚدوَے پَرتھ اکھ سُند ہلم زٕدی لَد تہٕ رۄنیموٚت اوس ـــــ!

یہ وۄدٕ آسی تہٕ بے قرارٕی آس نہٕ دوٚہے ـــــ میانہِ لوکچارٕ آس یہ پَتھُر اسان تہٕ وَسان ـــــ اِنسان' چاروآہے، کُلٕ کُٹھ سارٕی آسی زن تہِ سکوٗنک مَس چیٚتھ مدہوش ـــــ یِہ وۄدٕ آسی تہٕ وُچھارٕی گیہِ ہنگہٕ مَنگہٕ نازِل ہُمہ بالہٕ اپارِ لوٗبکھ یَتھ پَتھرِ کُن خبر کیا ـــــ یوٚہے بوڈ ٹاسا گوٗ زَن

تہ نبہٕ گرٛزٕنی ــــــ تتنے گیہٕ ییتہٕ ژھ اپاری ٹاسہٕ راے شروع ــــــ سُہ اوسا ماس

کنہٕ قیامنٛتھ ــــ اِنسانٕے ییتی نہٕ، پچوچاروآے کُمی کِٹی ہیتھ گوسورُے دٕم پھٹیو۔

دٕم یوٚدوٚے سارِنٕے گو کینہہٕ گیہٕ بِھرہٕ ہٹہٕ تہٕ شرٕہی ییتھی پتھر ــــــ تہٕ کینہہٕ ژٕلی

کھوکھٕتشہ تہٕ وٲنی دوٚیمہٕ طرفہٕ بالہٕ اَپور ــــــ ہمیہٕ ہوٚی اکثر روٗدی ییتہٕ ــــــ

ــــــ تِمہٕ ٹاسہٕ روٗ نییٚہ بستی والین ہُلم تہٕ تِنہٕ چھِہ تِم برابر زٕوی وار ہُلم آسنٕک

زرللوان ــــــ

سُہ اوس ساتھ زِبہٕ تہٕ ہیون دوست رٕتنہٕ گیہٕ اَکھ اَکِس رٕشِس

ژھینہٕ ــــــ رٕتنہٕ اوس ہیون ہم عمر، ہمدم تہٕ ہمراز ــــــ تِم آسی ہیرِ لیو رٕبسان تہٕ

اَسی لبوٕ نہٕ پورِ ــــــ دٕیان نہٕ اوس تسٕنٛزِ ماجہ نیچوٚدران تہٕ نہٕ میانہٕ ماجہ ــــــ

تِم دوشوٚے آسہٕ پانہٕ وٲنی وسہٕ ــــــ اوٚے آسہٕ یکوٹہٕ ژار گاہٕ تہٕ آسکھ علمدار کشیر

سُنٛزِ زیارژ ہیٹھ دٕشہٕ گنجہٕ ــــــ اَسی دوشوٚے زایہٕ اَکی رہتہٕ، اَکِسے سکوٗلس منٛز

پوٚر ــــــ یکوٹہٕ آسی گٔنڈان درہ کان ــــــ نوکری لگی اَکی وٕرِیہٕ تہٕ دوشوٚنی آسی

اَکھ اَکِس سٕندِس خاندرس متعلق باگ گنڈان ــــــ رٕتنہٕ اوس ہیہٕ پننی یرہٕ تھ

کانٛہہٕ کتھ بسوٕ بسوٕ وَنان تہٕ ہیون تہٕ اوس یوٚہٕسے عالم ــــــ اَتھو منٛز گوسہٕ

نبہٕ گرٛزٕنی ــــــ تِمہٕ ٹاسہٕ گو رٕتنٛنین ہم مذہبن زیادے بِھرہٕ ہٹہٕ دٕم ــــــ

رٕتس تہٕ گو زیروزبر تہٕ ژوٚل دوٚیمہٕ طرفہٕ بالہٕ اَپور ــــــ ہیہٕ تھاوٕن نہٕ کٕنس

کُن خبر ــــــ تِنہٕ ہیٹھ ہیوٚو ہیہٕ یُہس تتھ پتھر گرٕھنک ضرور تھ ــــــ اچانک

پیوم رٕتہٕ بتھہٕ، نالہٕ متہٕ روٚٹنس ــــــ پوٚز ہیہٕ کرٕس گراو زِ اَکی ٹاسہٕ موٗ کلے یہٕ

ہیہٕ ہیٹھ پٕژھ ــــــ کٕنس کُن تھاوتھ نہٕ خبر ــــــ سُو نچھِتھ نہٕ بہٕ تہٕ ماآسہٕ ہا دٕم پھٹی

گومُت ـــ تاوَن زَد ژٕ نہ کینٛہہ چون بوے بھوشَن لالے زَبریُس یتھ قہرس

مَنز تہٕ سانہٕ پتھرٕ منز کھوڑھیکرِ تہ چھُہ ـــ سُے یوت نہٕ تریلوکی ناتھ، شمبھوناتھ

شام لال، ساری چھہ ہتھی ہیرپورٕکی بَٹہٕ تہٕ لوٕ نہٕ پورٕکی مُسلمان چھہ ترٛٹہٕ بُزنس منٛز

شیروشکر ـــ سُہ گوٕ یہ بُوزِتھ لاجواب ہیُو ـــ

ووٗ ذُگیہ میہٕ زٕ ہیتھ گرم پتھرٕ پیٹھ آمتِس تہٕ شامتنہٕ کارٕ زیٹھیہ ہیتہ

یمن دوٚہن زیادَے لٕہرٕ ـــ ٹاسہٕ رارے تیز یہ تہٕ زہین گیہ خونہٕ سٕری ـــ

نوادلوٕ دِجنَن زَن تہٕ وَندن کھہرن ڑٕر ـــ میہٕ واتی واریاہ دوٚہہ دوشوے

اُچھی بھوران ـــ خبر کیا چھُہ ڈیشَن ـــ خبر ییٹھ پتھر چھاخارٕے ـــ آین لالنہٕ

اَنگن آشناوَن ہنز چھنہٕ وارہین دوٚہن ہنز کانٛہہ خبر ـــ بہٕ اوسُس اُتھی فِکر

گیری منز زٕ آنگن درواز آومُژ راونہٕ ـــ اورٕ ژاو میون کوٗنس بوے ـــ

تَس آس لیڈرٕ ژھٹھ پھیرٕ مژ ـــ وُنٛہ اَسِس ہوٚ کھِمتی ـــ اُچھن ییٹھ اُشی ٹِکہ

ـــ میہٕ پرٛوژھُس کیہُو اورٕ چھاخارٕے ـــ تمہٕ ووٚن وَوان وَوان ـــ

ہیرِپورٕکی ساری بَٹہٕ مارِکھ اَزروتِلہ ـــ میہٕ ژٕجی کھوٚروتِلہ ہیٛتر ہیرتھ تہٕ دوٚہمِس

کُس ـــ ؟ تمہٕ گٕنز ر اکہ ناوتہٕ ووٚنُن ـــ سَتہٕ وَے زٕالی اُسہ گوٗری وانہٕ

آوٕ نہٕ منز ـــ یہٕ بوٗزتھ آس بہٕ پتھر لاینہٕ ـــ زَن تہٕ بہٕ گوٗری وان ووتُس

ییتہٕ سَتھ ژینتاییہٕ وزان آسہٕ ـــ ژینتایَن گوٹاس، ٹاس نیران تہٕ میہٕ

گوٚزَن ہلم وزان ـــ !!!



CC-0. Kashmir Treasures Collection Srinagar. Digitized by eGangotri

# زار

زِندگی چھیہٕ اَکھ مُسلسل آزمائیش تہٕ کامیاب چھُہ سُے یُس نہٕ اَتھ بُروٚنٹھ

کَنہٕ ہارِ ۔ سہٕ اوس پَننہٕ گُذریمژ آشنہٕ نوٚطنی یہٕ کتھ وِزِ وِزِ یاد پاوان تہٕ پانس مَنز

اَکھ نوٚو قوّت پاّدٕ کران ۔ نوٚطہٕ نہٕ گُذرنہٕ پتہٕ ییاہ ییاہ سہٕ اولادَن ہُنز نافرمانی

یا حالاتَن ہُنز سنگینی کنٛی پامال گو ۔ اَمی کتھہ دِیُت تَس حوصلہٕ تہٕ ہمت تہٕ اَز

اوس تہنٛز حوصلہ مندی تہٕ ہمژ بییہٕ اِمتحان ۔

آنگنس منٛز ہہ منٛزس آس وُرِ دَزان ۔ دوٚیمہٕ طرفہٕ اوس شامیانہٕ لگتھ

تہٕ اَتھ تَل اوس مہرازٕ تہٕ تَسنٛدٕ ن سالرَن ہُندِ باپتھ فرشہٕ فرُوش ووتھرِتھ ۔

مَکانکِ کُٹھ آسی پَرٛہو تہٕ پرٛھی بایوٚ ستی بَرِتھ ۔ مہرِنہٕ ہُند پاراو اوس طےیُس

پیٹھ تہٕ یُسہٕ بیتر آسہٕ تَس ساز پاّران تہٕ مَحلہٕ چہٕ زنانہٕ آسہٕ وَنہٕ وان ۔ ساَرِ ہَسے

گرس تہٕ ہٕلی کہٕ ساَرٕ ہسے مخلس زَن تہٕ آس دِوٕ ے ۔ میر صابنٛہ ترٛیشوے نیچوٚ ی تہٕ

تہندی شُری آسی اُزکس دوٚہس بخاتک دوہہ ماّنان تہِ کیاز میرصابُن یہِ
کانسہِ کُٹ کوٗرنکھہِ بیٚٹھ وَسنہِ گژھُن تِم اکہِ بجہ ذمہ دأری نِشہِ آزاد ۔ نکھہ موٗری
موٗری تہِ اوس تِمَن اَتھ کارس لگ کاسہِ نکھہ دِنے تہِ بب راضی تھاوُن ۔ تِم آسی
یہِ زَرکلہِ بیٚٹھہِ وأنِن ژُھہان تہِ اَمی احساسہ آسی ہشاش بشاش ۔

میرصاٚب تہِ اوس خوش تہِ ، وِبسے تہِ آس یہِ تسند بایتھ اطمنانُک کتھ زِ اُچھ وٹنہِ برونہہ وُژھس یہِ آخری کھار تہِ نکھہ ۔ اَما پانژ وُشرہ لوٗنزا اوس سُہ اَزگوڈنچہ لَٹہِ خاندرہ وِزِ نہِ زَن آمُت ۔ یُتھ ہن ژوٚن خاندرن مَنٛز ییٚمہ خوشی ہُند تس احساس سپُدمُت اوس ، سُہ اوس نہ اَزکِنی نظر گژھان ۔ وُرنکھہِ وازس نظر تھاوِتھ اوس سُہ یوٚہے غوطن ہیوٚ زَن گومُت ـــ سُہ اوس پاٚنی پانس سیتی یُتھ ہن پانژَن دہن زَن تہِ پھیوٚر دِوان ۔

یوٚہے آنگن اوس تہِ یہے پُرن بیلہِ تمہ دوہہ یہِ یتھ صحنس مَنٛز مہرازہِ بَنِتھ ژالوس ۔ اَزییٚتِن یہِ ٹیپہ کرِتھ پوٗختہ نکانہِ چُھہ اتِھن آس ئیندر دوسہ ہُنزلرِ یتھ برُزِ پیٚش اوس ۔ ہتِھن چایوس یہ رَمضان ڈارن شربتُک گلاسہ ـــ ییٚتِن آس فوطِنی موج دیدہ جٔنتی ہلمس مَنٛز ڈوٗنی ہیتھ تہِ فوطہِ آس کوٹھرِ ہُنزِ لوٚت دارِ کنی میہ وُچھنہِ دراہِژ ۔ تی وَنیوتمہ یتہِ میہ دویمس شُبس مَنٛز یہی دوہہ کریو تمہِ میہ سیتی وعدِ زِ سُہ تراوِ نہِ میہ زانہہ سگ اُستَن یا الگ ۔ وِبسے تہِ یوٚتام سو زِندہ آس وعد کوٚرنُے وفا ۔ یُتھ ہن ژوٚشوٗنی خاندرن آسِم لرِ لورِ قدمس قدمس پیٹھ مَشوِرہ دِوان ۔ مامہِ لالنہِ مرنہِ دیدِ ہُند گُزرُنہ پتہ پرتھ وِزِ لوگُنم سرس سرپوش ، دیدِہ اُنڈ ماووت ۔ اڈوتی گیہ تراوِتھ ۔ توتہِ آسہے اَزتام پرایمڑ

یوٚتام یہ آخری کارنکھہٕ والہو۔

وأنۍ صأب اوس اُتھۍ عالمس مَنٛز ژِھۍ تام کوٗرُس آوُزِ گاڈِ ہارن گیہِ۔ شاید آو مہراز۔ سُہ ووٚتھ وُتاولی سان کُرسی پیٹھہٕ تہٕ دراو کوچس منٛز ییتہٕ مرد و زَن قطار اَندر قطار مہرازس اِستقبالس پرٲران ٲسی۔ میر صأب تہٕ گولأنہٕ منٛز اِستادٕ مگر سُہ اوس زَن تہٕ خبر کتہٕ۔ زَن سُے اَیہٕ کوچہٕ منٛز گرٕس پیٹھ مہرازٕ بنتھ پکان اوس تہٕ وَنون واجنہٕ اِستادٕ رُوزِتھ وَنوان آسہٕ۔ یوٚتام زِ مہرازِ ووٚتھ گاڈِ منٛز تہٕ ویڈیو شوٹنگ وأل تسند قدم قدم عکس بَند کران، میر صأبس نِش وأتۍ سُہ آو ہوٚشس منٛز تہٕ وُتاولی سان کوٚرُن مہرازس ڈیکس میُوٹھ تہٕ ترٲوٕنس پوشہٕ مال نألۍ۔

اَمہٕ پتہٕ سپدۍ ماباقے لوازمات۔ ہتھ شتھ سالہٕ آے یَڈ بَرِتھ ضیافتہٕ کھیاونہٕ یتھ گھنٹہٕ جورالگۍ۔ میر صأب رُود باقے کارندن ستۍ ووہ دنہٕ۔ ہیوٚر کورِنش دِژن نظر جورا زِ کُنہ ماچھِیہٕ ناتیأری۔ تہٕ آخر آے گوٗر روانہٕ کرنچ وأری۔ میر صأب دراو کوراِتھس تُھپہ کرِتھ کار تام ستۍ۔ مہرازٕ تہٕ مہرنۍ آیہٕ رخصت کرنہٕ۔ مہرنہٕ تہٕ وأنۍ صأبس دوٚشونۍ آے اوٚش ژکہٕ۔ کارن ہُند یہ کاروان پتھے نظرو ڈوٚل، میر صأبنہٕ شُری ذُری تہٕ ہمسایہ ژایہ والپس۔ پوٗز میر صأبس ٲسی نہٕ زَن تہٕ قدمے ووتھان۔ تس اوس باسان زِ یہ آخری خار نکھہٕ وَسانے زَن تہٕ تَسند آشن ووذِبے مانہٕ گو۔ چارو ناچار ووت سُہ آنگنس منٛز۔ اَتہٕ آسہٕ نوٚشہٕ کورِتہٕ اَنگ آشناو بانہٕ ہچھہٕ وٹان تہٕ وُر پیٹھہٕ اَڈٕ دوٚد زیوٚن تہٕ ژرِنہٕ وٹان۔ وأنۍ صأب ہیوٗڈ براندٕس پیٹھ۔ سُہ اوس ژرِنہٕ تہٕ

بانہ وَٹَن والین نظرِ۔ تَس باسیو وپُٹن پتھ کال وُنی کے کال بُرونٹھ آنگنس

مَنز جَلاوس دَزوُنہِ وُرِوہ وٕنی یتھے تھنز نوشہ وہتہِ گومُت سُور تہٕ ژٕنہِ لیچہ

برِ تَس ووتھ یوٚہے تلواس ہیوٚ۔ سُہ ووٚتھ تہٕ یاشا کرِتھ ژاوَ آنگنہِ مَنز

اَنٛدر۔ سُہ اوس وُنہِ وُٹِس مَنزے زِ اَندرکمرِ منٛز چہ کتھ باتھ منز باسیو تَس

زِ تَسنٛدی نیچوی چھِ خرچہ خاندرُس حساب لوزان تہٕ اَتہِ چُھ تکرار ہیوٚ چَلان۔

تمہٕ کوٚر کیہنہٕ کالا تامل زِہر گا سُہ اندر ژاو یمن گرِ ھہ تھوٕتھ۔ اُتھی مَنز لوگُس تام

کمرس مَنز بڈ ہہٹِہ تلخی سان وَنِہ۔

" بلایہ یہ گو تہٕ تہِ گو۔ وہ نی چھَنہٕ کانہہ بیگاری۔ بابہٕ نس ژُورمس تام

گُیہ وہ نی چھِٹی۔"

تمہٕ یتھے کس تام نیچوی سُند یہ کلامہ بوزِ تَس باسیو سورُے مکانہٕ پھیوٚر

ڈُبہ۔ سُہ اوس نہٕ فاصلے کرِتھ ہکان زِ سُہ اَژیا اَندر کنہٕ سُہ نیبرہ نبرَ۔ از پییہ

نہ تَس فوتی نصیحت تہِ یاد...... اما پوٚز تَسنز قبر آیس ویدمان تہٕ اوٚشِس

ہِلِس دارے!





ناو ______ مشتاق احمد تانترے۔

قلمی ناو ______ مُشتاق احمد مشتاق۔

زاسنہٕ ______ سنہ ۱۹۶۱ء۔

تٲلیم ______ ایم۔اے (کشمیری)۔

کٲم کار ______ انفارمیشن آفیسر (پی۔آئی۔بی)۔

رہٲیش ______ بمنہ ہاوسنگ کالونی۔سری نگر۔



قیمت فی جلد ۔/۱۲۵ روپیہ